چھُکرِ تھ پیو



ڈُبہ رابہ چھَ پھیران

ناگوہ یَبل

ٹھولہ کھٹول زَن بُجھڑ

دلیواَرن

بَتھ لَبہ لوّگ دَب

ہُتھ لہ پھُٹ بُتھ



اگست ۱۹۶۹ء

# بتھ سٕر کہٕ پیٹھ

بتھ سٕر کہٕ پیٹھ

ژٕ نہٕ لوٚ سُمت

بٕ تہٕ لوٚ سُمت

واے نظرن منز دزان گنز ناروٕن

واے حشموز ولُمت کاٹھس الاد

ناگ ہیوہ کاٹہٕ ہتھ پھوان بتھ سٕر کہٕ پوٚد

زن تہٕ قدمن تل چھُ شستر کاری کاری

پوشہٕ بدلس زن دُزٕ ہتھ گاٹر چھہٕ ژٕ نی

بتھ وچھس بیٹھ اورٕ یٚشی چھم دزان

میانی وُٹھ گے العطش منز کربلا

میانی زٕ لو زلہٕ وٕٹھ سیز اٚسس اندرٕ

بیتھ سٹر کہ بیٹھ



بیتھ سٹر کہ بیٹھ

ژہ تہ لو سمُٹ

بہ تہ لو سمُٹ

واے چھُہ ہہ مو کلان زانھہ

واے چھ ہہ دانان کُن

ٹکی بڑو ہنھہ آگر ژرُج بیتھ کنتھ

ٹکی بیتھ آگر آدو دڑاپہ بڑو ہنھہ

ٹیچ آگر ہمراہ ہہ گیھرس ولہ آلے



بیتھ سٹر کہ بیٹھ

واے کینیاہ پوشہ ٹدی

ہاے دُدی کیتہ کورہ لگی

رادی کم کم کارہ وان

ڈھ وِڑسی اَرمان کَم

سورمہ لأگِیتہ چشمہ شیتل شیشہ ناگ

ہوّکھی ہوّکھِتہ بیتہ غائب گے

وائے نیوٗ تنگلَن بیٹھ ئبزہ کھاڈ ڈبھلی گوہ لاب

بیتھ سٹرکہ بیٹھ



بیتھ سٹرکہ بیٹھ

گُلی نتہ ڈُدی متی

سابہ دیگلیمتی ژہ پأری

وائے ڈُیھ ناجانہ وارے کاثہ بیأری

وائے گژھِنا ہوڈ ٹنوٗ کُنہ شابہ کیز

ننتہ ژرے مَرکھ

یا مار میٹی

کنیژ ٹھا گُیژھن

ننتہ ڈژ بنیٹھ بیہ ناوائے قبرستان کا ثہہ

ڪانهه قبر ۾ لوءِ آسِ ڳاءِ مڙهلون ڏسِڻ

تُهنجي مَنڙ وَسو

اَچ ٿڪ ڏِمو



۲۵ ، جولائی ۱۹۷۰ء

# نظم

سیمنز وتہ پیٹھ
شٹھیو مت
اکھ کنیو بٹ

بے حس بے ہوش
اُس اُنڈی ڈیکھی
پکاش سادی
پکاش
نظرہ کران
نیران یاتس
فقط

اکھ زشھاے
اُنڈی اُنڈی جھس کران گتھ

۲۵ر جولائی ۱۹۷۰ء

# نظم

جابا

جاباہ شیرتھ پیرتھ

میرسُنٹ ویگیس بیچھ زن تھُو دشر

باغس منشر کینہ

ناگس اُندی اُندی

وِگیسو گنڈی متی دری وِشِوان

منے تر دوپ ادہ گیاہ

گیوناہ بوزو

برمشر ردوم پاشاہ مجلس

بوڈ بیڈ ردوم یا منتھ نا منتھ

زلر بودِ زدر وازس راج

۲۵، جولائی ۱۹۷۰ء

# نظم

بے ستر
ننھے ننھے ننگے عریاں
بونے
دَہ ننہ بیٹھ
ماگس ژ شھٹہ منٹز الجمز
ہونے
ہونیو
ژَپہ ژَپہ کھے مژ
پیمژ آند کُن
وَنڈہ راٗ ژن منٹز
تنہا تنہا
زِندہ گی میانٗ

۲۵, جولائی ۱۹۷۰ئہ

# نظم

آبہٕ ڈلس منز

ناوَن گتگس گیۄنڈ طوٗفانن

کرٕ پھہلنوٕ کنڑ ہنو

ہر موکھ موکھ پڑوَن

دوکھٕ لدٕ تأزیداراہ شامَس

چھو کھ للہٕ ناوان زاھُس گوٚ

ٹیری یہٕ محل ووٚنھ منز یاتالسَ

منز ڈَلہٕ

زلٕو لجٕ تالسَ ہٲ ترٕس

ہتھٕ ییتھہٕ کنہِ تام

عاشق ذاتن

بڑہ ہتہٕ گیوٕ نچ لہرا ترأو

واو ، انتن سالہٕ ہدن وارٕ ٹیون

ازسیٹھاہ یتٕ کالیٕ ونہ آمت چھوٗ ڈل

نومبر ۱۹۶۶ء

# نظم

نظرڈا اچھم نہ کُنہٕ نیباہ نشاناہ
بنیوٚ مُت واوزُن اوس ناد سُدرس
بیٚہ تو لوٚ دِل دُچھُم زالس اندر بنٛد
سیمنٛز وتہٕ بیٹھ بہ ردوٗس پانٛی پانس
دہیٚو مکھ ہےٚ لٕبنہٕ دی تو بہ روٗس
اُسُن نرٛ دُکھ لُسن میٚو نےٚ سُدکرِ لوٚکھ



"دُچھو دید دہ بہ کُنٛزشا یرٛ دہ گرد دہ تُہنٛدی"
"کنو بٕزہ دہ صدا لیُش سےٚ صداہ پوٚز"
میٚنےٚ ناد بیٚد س دُچھم اُنس نیرٛ رُم
کنو بوٚزُم بنٛ ہندی کھڑی دُشتھ پیٚنٛ
ہنٛ اُسنہ دہ دہ پرہ باسیوٚس پانس



سَتہ گَٹہٕ پیچھ دوٚہ دِژٕم تارکھ نَبَن چھانٕے
دوٚبیم کرٕ زٕ دٔل اَز دیوالہٕ ہنٛد شب
گُلالو پاس کوٚرٕ ہم سٕعتی رٔژم
مگر اَنٛدٕ ڈیکھی سجأو وِکھ داغ زٕ دِل
نَبکُ نٕیجبر مٔتٕ لٔمُ پٲلٕس تٕرٕ لکھُ شَر
نظر ڈٲ جِکھ مٔتے نظرن منٛز پیٚوٚ جم زٕون
گِنداں گے راس گوٚپی کٕنہ سناد چھ



فروری ۱۹۵۴ء

# سوٗنتس کُن

سوٗنت آمُت جوٗش نوٚوُے کاٚلی ہیتھ
نوٚشہٕ وِنہٕ مژٕ پوٚشہٕ کھرٕ ہٕ ژٕ ڈاٚلی ہیتھ
لولہٕ ہبرٕی بُرسی لولہٕ مسٕ کی پیٚالی ہیتھ
ناد وٚہنی سیے میٚنے نہٕ سٔہ پیٚالا چاوِ ہے
نارہٕ دوٚد مُت سینہٕ میٚنی شیہلاوِ ہے



سوٗنت آمُت بُلبُلَن لوٗ مانے، ہیتھ
باغہٕ ببرہٕ بن ناگہٕ ہُڈُ بُھٹی جاے، ہیتھ
باوِلس لَسنیٚج نہٕ لَبنیٚج ترٛاے ہیتھ
ناٚلی جِھم زُ ولانہٕ بُھٹہِ ترٛاوِ ہے
میٚانہٕ لولکُ نیٚاے ازٕ اٚنزراوِ ہے

سۄنت آمُت خۄش لۄون نوٚو وا وہیتھ
شُنگمہ تَرِ نۓ سٚنتھی باڑٕی جاو ہیتھ
زِبوٚ نہٕ پینگ تازہٕ لو نشنےٚ پیاو ہیتھ
ژُھپہٕ مازٕ زٕنٕ ترِستی منٛز تہٕ زنٛزہٕ ناوِ ہے
زَرِ ژھمنزٕ سے منٛز تِہ ہیُو تناہ کھیاوِ ہے



سۄنت آمُت مَسولن آز نانہ ہیتھ
ہی مالن نوٚو سعرمہ تہٕ ساز ہیتھ
دہن دِلن ملہٕ ژٲرِ گےٚ بیٚیہ راز ہیتھ
دولہِ نظراہ منٛز تہٕ سہٕ لوکےٚ تراوِ ہے
میٚون اڑلبوک پان آز بلہٕ راوِ ہے



سۄنت آمُت آبشارن جوش ہیتھ
جانہٕ وارن ہند موٚد ربول بوش ہیتھ

وُزناوِنک بیٚیہ نیٚندرِ ہیٚنزٕ نٔے ہوش ہیٚتھ
خوٗبنہٕ بیٚوٗمت میٚون بخ وُزناوِ ہے
خاکٕ چندس نرٕ آلِ دِنی مٔشراوِ ہے



سوٗنت آمُت سَر سبزٕ سبزار ہیٚتھ
آرٕ وَلہٕ نے کیٚنٛت نوٗوٕ نے لوکچار ہیٚتھ
ناوِ ہیٚنزٕ نے ڈیرٕ ہٕنٛد شیٚہجار ہیٚتھ
یارِ سنٛزٕ شس سٕنٛز از مَنزٕ ناوِ ہے
سایہ آینہٕ ہٕنٛس تیٚتھ تماشا ہاوِ ہے



سنہ ۱۹۶۵

# نظم

کَرِو کٲمہٕ دَچھِس اَندٕ وَندٕ دِ مَو چاکھ
دٕچھو سیرِن چھ کٲژاہ وٲنس باقی
سیاہ سنگ دِل دٕچھِس مَنز ہیتھ سیاہ راتھ
اُکس پَر دِس اَندر لَچھ پَرٕدٕ پٔژٕ نان
چھ مُژران پانہٕ خوٕدٕ نامحرمَن بَرٕ
دٕ پان سیرِن کران چھُس پرٕدٕ پوٗشی



چھُ نا بیٛہتر کرٕو دَنھ خوٗنِ جگرٕس
دٕچھو دِبہٕ راہہٕ بییہ کوتاہ ہُرِیس آے
کَدٕو بییہ کَشِ سیاہ تارِیک راژن
پھرو بییہ زٕو نہٕ پانس کُن پھرِو نظر

کَرِ ویخ بستہٕ نَبہ کین تارِ کَن شہہ
وُچھوٗ اٰنی سارِ پکہٕ نس کینٛہہ چھُ رفتار



چھُنا بیہتر پہٕ سأری چیشمہٕ کوٗرد
تھوٚدَ شُنی پاس منٛز موٚہلکھ اَدبزان
وُچھوٗ اُسی کِنتھ نگے باسان پانسَ
شرم کیاہ گیہٕ حیا کیا گوٗ کرد طَے
شما سویا تہٕ یا حبشی غوٗ لا ما



جولائی ۱۹۷۱ء

# نظم

شونگنھ اکُس ئُبَمس، ہَس نشدرہ خالبَس، ہُمس ہیُت ہا وَس،
جوان بَدمَس، ہچوان مس، مَس کران زندگی حیالس،
بس کنی کزہ مکھ گیبہ، ہیو، ہا فاتلو لبَس
دہ زی یہ ہا موُد



مِنہ گو سَخ مکھ مِنے ہیو مرگن نہ سپدم سختہ مرنن،
تیخ لوگمُ پالس تہ لوگم رخ
مِنے سالک دکھ ششیو مُت، دورن ہر مہ کھ مہ کھ گو مُت
رنہ داوی مِنے یہ ژھ مکھ ہے یہ گس ستہ موُدگس یہ گو شوُد ۔



گلالہ یورنہ ڈمب لوگمت خیالا، میوڈھ مو نہ پھول،

باغِ قُدرت کین ستارن ، منگتہ ہیٚتمُت ماہ مثالا ،
اَکھ سوالا اَکھ جوابا ، زوٚنہِ تھٔنہ پیٚومُت بلالا ، دیدمان
وُنی نیٚتھ ژٕہاں گوَ ببّیہ نہ سہ کیٚنّہہ



جوانا ، سہٕ نتہٕ چھوٚلمُت آسمانا ، پرتھ زمانس منز زمانا ،
اَکھ فسانا ، وکھنہٕ کمین سٔیکی لین پکان لبُس کاروانا ،
یَو جوانا سروِ رانا ، رأیلا ہیٚوٚ سٕر کہِ اندٕ وَند کاٹرِ دِتھ
ہیوٚ ببّیہ نہ سہ کیٚنّہہ



زمانا یا وُنی مٔر ، نادٕ ہٕیر سوٚ پنج یمبرزل چھچر چھوٚلتھ
آمٕر سو بوٚمبرِنہ تٔہر ، جوأنی واش گوٚ رمُت نارِ انبرس
رتّیہ سو رقصاں ، نیندرِ ہٕیر وُژھ یارِ بلہِ کُھر ، ٹھرانہ کنٕز
دِتھ شانٕز ٹھہلی ببّیہ نہ سہ کیٚنّہہ



بزرگا ، دٕہر دوٚ دریشِتہ ژھُجر دوٚر لوٚب کُن ، کوٚب گڈتھ

ہُتھ جابہِ چھٹمُت ، بوٗن سیٚنٛز ، اُتھ کھیٚنٛز جور ، ہُٹ
نکھہ پھیٚکی رِنیٚمتی ، یٚندرہ دٔوسہ نَلہ وٚوٹا تہٕ ہٚیوٗ مُت
آرٕو بیٚمٕز بیٚنی ببٚیہ نہ سہ کیٚنٛہہ



یِکھاژیا ، شوٗد نہٕ بوٗد ، اصلکُ تہٕ نقلکُ شرٕوٕ زٕ سَرگم ، راٗژ
پہرس گاشہٕ تاُمکھ ، نوٗرناٗرک ، ہَرآماٗرک ، ترٕخیالکُ ، شاہ
غزلکُ ، بانہٕ گومُت ، موٗد چھو کہ ہٕبری سےٚ اویزان کوترا
پیزٕرُک سہ وُنی زھرٕ تہٕ زھرٹ کرانٛ ، ببٚیہ نہ سہ کیٚنٛہہ ۔



گنھ دِوان گنہٕ زٕمینہٕ شتھلٕومُت گنھ تہٕ گرٕدالبس گٕنٛز دَنھ ،
دَٹھ وٚٹسی گومُت چھُ روٗنہٕ گوٹ شرٕونی حقیقتھ ، گنھ چھُ
لوٗگمُت خوٗنہٕ کرتَلہ سیٚتی مُدرائین ، زٕ ہنتھ تَہ کنھ گٕنٛز سوٗرے
پہ یکیٛچ سنٛھ اُکیا ، ژٕنی وُنی آسان ببٚیہ نہ سہ کیٚنٛہہ



چھِ تِلبس تال گٕنٛز پامال ، وَنہٕ منٛز روٗسی کیٚچہ ہنٛز زٕثال

اَڑوِ نہ تَس نہٕ بدلیوٚ فال، ہٕنگہٕ مَنگہٕ تَس تہٕ پٮ۪ٹھی پیوٚ زال،
ژھٔینی بَرٕو بال، گوٚ بے حال موٚ صَمَ اَکھ تیرادٕہ حال نظرَن
ژُل اُڑنوٚ ہرسو، بٔلیہ نہ سَہ کینٛہہ

○

وٕہن گوٚ سَنتوٗش، تٔہنٛد سنتوٗش، بٔینٛ سنتوٗش، وُچھان
خاموش دہٕدٕو کوٚر، کٔنوا سَس، اَتھس مَنٛز موٚ قلم بے ہوش
— نَظرَن مَنٛز چھُ یُژ نٕتھ پوٗش، تٕلِتھ بر دوش شوٗ
تینٛہ نٕے اُکیا چھوٚ بَلیہ نہ سَہ کینٛہہ

○

قَتلِ اِنسان گوٚ، اَسمان خوٚنے خوٗن سپدِوٚ، شوٗ دگوافسوس
بلیہ آز کارکوٚر تٔہنٛد لوٚ اَتھو، میانِوٚ اَتھو، اِنسان اَتھو،
خوٚ نٔز صلیبو، ترٕلیش لُگ اَدٕ خوٗن چھُ، نَتہٕ مال پیوٚادٕ،
اُلہٕ اِنسان ماز کھیوٚ، پانہٕ پینٛہٕ نٕے پان کھیوٚ، بلیہ خوٗن چھُ،
اِنسان خوٗنس ترٕلیش ژُر

۳۱ مارچ ۱۹۶۹ء

# غزل

آختابہٕ دٕہ ہے کھوٚتمُت صُبحن
آمہٕ اوٚرٕ ژ ببیہٕ نوٚ کتھ کاشہٕ وَن
چشمن ہنٛد گاشہٕ چھُس زٕلالن
سو چھِہ ولیٚوٕ تُلان موٚدرین خابن
دَزٕ دزٕ اوسُے پانو دَزٕ با
بَکھہٕ داش کُڈُن ہیوٚتنَے داوَن
حَدٕ روٚ سَنٛتے میٚیہ تہٕ اَرٕ اسم ہاوَس
اَدٕ دأشن گیم زٕلالن ہَن ہَن
منٛزرأتہٕ بیہٕ ازٕ کیاہ تام سُید
ؤسی تارٕ کھ پیٚیی زٕن ژوٚٹ بکھ ین

کوّت تامَتھ ژٕ ٹھ کرٕ ییتھ پانَس
آز تامتھ پرٕ دٕ گوّرُم پرٕ دن
ییم اَتھرٕ ما چیرِن شوٗٹھس ہوٚٹ
ژٕ ٹھ نھأ وا ییمّ بے ژٕ ٹھ وکھتن



# غزل

سمے گژھان چھُ روشن دزان بہ چھُس یا منتھ
شہر کران ماتم اسان بہ چھُس یا منتھ

یمن اچھن میانین دوہ ہے چھہ تیزاؤ ترٛیش
بہ پیالہ گرِ دابکُ بران بہ چھُس یا منتھ

مژر خیالن ہنٛد آوارہ چھُم پھیروان
ترٛر ہماش نالِس ہمان بہ چھُس یا منتھ

چھہ دارِ برترٛو پرِ ہتھ اگر، مگر کنہ بوز
برے چھہ ٹنگہ نیران اژان بہ چھُس یا منتھ

مشان اکِس داٗدِس اندر میٛے ساری داٗدی
لوان چھہ دوہ تلِتھ داٗدی بلان بہ چھُس یا منتھ

چھُ چانہ بُتھِ کُس تاش میٛے نظر وُنلاوانٛ
چھہ آنہ بُتھی بدلان دُچھان بہ چھُس یا منتھ

اپریل ۱۹۶۹ئہ

# غزل

گَس نہ یہ گُدر بو چاُنی یاُ ٹھی
میے تہ زلہ دَ ٹھ گو چاُنی یاُ ٹھی

زلو چھم لُجُشر تا لَس سینی
میے تہ دِتی آلو چاُنی یاُ ٹھی

بُہ تہ چھُس آز تاٗل ڈُ ٹھ پھیتان
میے تہ پھُلبّر پیّا لو چاُنی یاُ ٹھی

اُندی بَلجی سُورے ڈُو نِھتہ زال
لُرچھا زا لو چاُنی یاُ ٹھی

بُنجَرن پھیران اُسی بُنجاُ ری
گُل کَتہ زار د چاُنی یاُ ٹھی

قَدسِی قدمس گَگے زہ بنجیر

اُسرکوّت وَالَو چأَنی پأَ کٹھی

آزے تھُوّ وَمُت چھُوْن پُدی راہ

کتھ سَہ پٹرادَو چأَنی پأَ کٹھی

دَم پھُٹی گأَمتی چھم اَرمان

دِمہ گیّا بارَو چأَنی پأَ کٹھی



١٢ر مئی ١٩٦٩ء

# غزل

وٲشنہِ میٛے لولُک مس ہا گرووُم کٲشنہِ بہٕ داما چوٗوس نو

سوٗرِ ے اَندٕی یکھی یوٚز ژٕرِ زہ لوٗدم کٲشنہ بہٕ زانہٕ ییٚزہ لوٗدس نو

سٲلس گرٕہ ڈراس وتہٕ مشرٕ مالس ہٕتینہٕ آس وَنہٕ کُس پُھیٚہ احوال

ژھاران اَزتامنٕ چھُس پالس کٲشنہٕ بہٕ لَس سمکھووُس نو

شیشہٕ گرین لٔشہٕ شیشہٕ میٛے سینیاہ ڈٕنٕھم تیٚتیاہ لوٗی انہار

بیوٚن بیوٚن شیشن چھُس چھکرِ اَدٕ نہٕ کٲشنہٕ بہٕ وَنہٕ سومبرووُس نو

بوشس پوشس ہرگس ہرگس مَس مٕتی کوٚر مُت چھکہٕ خوشبو

مُشکس پتہٕ پتہٕ کٲنہٕ کوٚت ولنُس وَنہٕ کُس وُنہٕ توٚت ولُس نو

لاوِن شوقن بییہٕ اَرمانن یاران لو سُم واتسن آئے

اَزتام گژھ ترٕ چھیٚر گوگنز راؤن کٲشنہٕ بہٕ زانہٕ گنزرووُس نو

جنوری سنہ ۱۹۶۹ء

# غزل

وُچھان دُچھان شوقن دوہے لگان چھُم مَد
شروٗ کان چھا آز نام تہٕ کائناتس حَد

بِلان بُہ ہُنر ننہٕ رُس رٹان جانا وار
اَژان کُھڈ یا مہٕ ژھوٹان زَن چھُم قَد

زہر میٚنۍ چَھ ہرگاہ سَحر چوٚلُم چشمن
بَدل زمانس گوشٹھاوُوُن چھُم نا بَد

ڈٕوٚلُم اَگر یاوُن یہِ توتہٕ کیاہ ہیوہ گوَ
دِوان چھِ لُوی لُوی موٗل ٹرٛان چھُ بیلہ برَگد

زٕمیٚے برٕ نباہ سِپُدے وُچھم اَگر یتھ کُنُ
وُچھان بُہ چھُس ہرگاہ گُنڈان بہ چھُس تَرحَد

۳۱ جنوری ۱۹۶۹ء

# غزل

ژٕ کرٛژٕ کرٕ پرٛسان تتی بہٕ چھُس روزان
ییٚتنہٕ ژٕ چھکھ راوان تتی بہٕ چھُس روزان

نگر نگرٕ آباد بیٚیہ گاش چشمن گاش
دَکھ ژٕ رٕیتھ وٲران تتی بہٕ چھُس روزان

اَتا تہٕ ۆمرن ہُند اَنگار چھُس وایان
صدا یوٚ تھٕ واتان تتی بہٕ چھُس روزان

گرٕو چھُ اکھ اکھ شنہہ نشُن چھُ بے مانے
ییٚتتھ ڈُلان میزان تتی بہٕ چھُس روزان

سفرامارن ہُند لہر وسان پاتال
زہٕ حد چھہ بتوٚن نبران تتی بہٕ چھُس روزان

سناہٕ وون چھُم سیٖنس آمار نَظرن ہٕشد

شِہُل چھُ بیٚنہٕ لوسان تُتی تہٕ چھُس روزان

وُچھُن نہٕ اَدٕ وُچھتن نظرٕ چھ پارٕ دیٚشنگ

سہٕ یَتھ چھُ پدٕی میٖنان تُتی تہٕ چھُس روزان

دُبارٕ سنتوشُس نظارٕ کیٛاہ ہا وَکھ

یێتھ تٕ چھُکھ روزان تُتی تہٕ چھُس روزان



مئی ۱۹۶۹ء

# غزل

نوٗکن وُچھ وُچھ دِلِ تمبٕلیوٚم
ٲتَس منٛزٕ نَہ ژٕ روے بد لیوٚم
دوٚپ نم بے پٔژھ کأژاہ راتھ
پَژھ کَر مےٚ نَتہٕ کیٚاہ تا مَنھ گوم
نَظرِ گَنٛڈٕ منٛز راوِم بام
دوٚہ لوٗسُن زَن دوہ آگَنٛدُر یوٚم
لُکہٕ آرسالتس منٛز ہینہٕ آسس
لبنس برونٛہہ گوڈٕ راوُن پیوٚم
وُچھتم منتہٕ بیٚمہٕ رُویکُ زنٛگ
نینہٕ دوہ زٕ جارس تیلہ ویہہ چوم

لادن چھم لادن چھس ما

اُدرنہ روس سودرس تا ریوم

ونہ کس بنتہِ چھم مولمُت ساس

لوکو دوپ ہم بنتہ بدلیوم

ووٗنی نہ سہ روٗدُم شب درِ شام

کرتاں کٔنمی تام وچھ بڑا ٹیوم

ننہ پٔنٹھ لوٚنت تام ژھین اکھ ژبوہ حا

وُمرن کٔدلاہ تاوُن ہیوٚم

یمہ دس پنہ کنہ میانی ذاتھ

پانے پانس واتُن ہیوٚم



۲۵ مئی سنہ ۱۹۶۹ء

# غزل

دَس وڑو ٹھ یارَس مِیّانی سیتی
گُل پھولی نارس میّانی سیتی

نیوں نگلن پیٹھ بُہ تہ بُزرہا پان
بج لگہ نارس میّانی سیتی

وُنہ چھا عیسیٰؑ روحُ اللہ
موٗل آز دارس میّانی سیتی

حُسنس حُسناہ بوڈ انکار
سہ نہ آنکارس میّانی سیتی

ریشمی وانس گنز چھےَ ستنگ
سو نہ گھُز بارس میّانی سیتی

جُفنس پٹھ کُن سرگو تاک
وۄلہٕ ترٕ تارس میٲنی سیتی
سنتوشن وُچھ پننےٕ ژنگ
ژنگ کھوٚت شارس میٲنی سیتی



۲۴ راکتوبر ۱۹۶۹ء

# غزل

چأنی نِچھ ڈرے، ہمہ نہٕ زانہٕ میون نے مُژر
نیلہٕ کنٹھ ونہٕ نألی چھم چأنی نظر
کأل بون ووتھ اوبر گوبرے یوٗری نبر
میأنی ڈِہرے چھے بیٚنیہ تہ نے لومرکھ نظر
میون اکھ اکھ شہ چھُ زن گومُت رہتھ
بیٚنیہ زرہ نظرن یتھ نہ رلہٕ ناوکھ زہر
راتھ لو سیتھ گے تہ گٹہٕ دِنی موٗل بیٚنی
ژھائے ڈلہ دِنی کیٚبانزر گو بچھ کانہ تِزر
شیشہ خانن تام سپدی ماپہ بنی
یام کیٚنی تامتھ دو یم ترووان شہر
شراب دِتھ گیہ شیشہ مانین، نزل پری

اِنتظارس رُودمُست ظاہر اَثہ
ہائے اَکھ سنتوش بَو بِسر گوَ جُدا
دائے بَینز نِی لش بِچارس لُج نَظَر



۱۵ر اکتوبر ۱۹۶۹ئہ

# غزل

قسم قسم گڑی گڑی میٹے یڑھ ڈ جم پالس
اَیم خموشی ہنیز قبا ڈ جم پانس

سو کڑشہ نظر آ سم ڑلا ر ڈ وچھ آ لس
دو ہے میٹے نظرن ہنیز اہڑ لجم پالس

نظر تجن دوپ نم وصال بیمہ کھو تہ کیاہ
ڈوم یو سے سو ے وہی میٹے سو ے لجم پالس

شہ آزنہ آکاشن ڈبھان جانا ور
بے ڑنگ دو ہے شوقن پھلے ہجم پالس

لِشا نہ کا نہہ ون نم نہ بے لشند لبہ ہا
بیر ڑ چلے بڑ و نیہ نہ تہ پچھ دو ہے تہ جم پالس

نہ ناک اوہ اوشس بیرس حیا لبس منشز
میٹے بہ ہچھ حیا لبس منشز دو ہے ڈ جم پالس

۲۸ مارچ ۱۹۶۹ء

# غزل

بُرتھ دوٚل آسے اوٚش ڈٕل اسان اسان از تاں
یہ کُس بُہ کُل سگہ وان وٕدان وٕدان از تاں

زیوٚن زیوٚتھ روٗزن زندے چھُ کوتاہ کرٕیوٚٹھ
دُمر میٚتے سورے ہیم لسان لسان از تاں

نظر نظر پٔرٲٹھان چھ کائناتکی حسنہ
بہ نُش تہٕ کُس روٗدس لبان لبان از تاں

دُبارہ بلبلیہ کانژ شاہ ینیو میٚتے چمن گاش
وہیٚن نہٕ دٕ سپدِمِ وُچھان وُچھان از تاں

تہٕ چھکھ بہ چھُس قایم چھ پٹھ تہٕ پتہٕ ہزرگنتھ
نصیرتہٕ گو سیرس چھپان چھپان از تاں

دُبارٕ کُس سمکھیو کُنِس بہ از تامتھ
وُجارٕ گئے دُنیا بنان بنان از تاں

۱۳ اپریل ۱۹۶۹ء

# غزل

شہر گومت خالی لبان بہ چھس تنہا
سمے چھہ نارے نار دزان بہ چھس تنہا
نظر نظر ہومژ وٹسی گمتی ہا وس
نوحہ جوان مرگن پران بہ چھس تنہا
نظر نہ چھا کانژھاہ لطارہ لنشراوان
مزارہ بلہ چھیپہ تھ پکان بہ چھس تنہا
کلیو وتھ تھوی زنتی چھہ سایہ پانس منز
بہ چھس دوان یا لے سمان بہ چھس تنہا
زھوکتھ ہمیتی تارکھ درتھ چھہ اوریج ابف
نبس گومت گرتہ ہنیار چھلان بہ چھس تنہا

بہٕ چھُس تہٕ چھِم ہمراہ دوٚہس بینیٚ اکھ ژھاے
مگر سیاہ لاٗژن ژمان بہٕ چھُس تنہا
یَتہٕ رٕچھہٕ سنتوشُن وَنُن مگر حاصِل
چھہٕ کَن ٹھوٗتھ ساٗری سَنان بہٕ چھُس تنہا

مئی ۱۹۶۹ء

# غزل

مَہ تُل مَہ تُل زٕ مژر مَہ اِمتحان میٚے کَر
زٕ ہَر چیوان شکر مَہ اِمتحان میٚے کَر

سَرو بہٕ شمشادس چھُ قد بلند آسِن
بینٕہ بینٕہ چھُ نظر مَہ اِمتحان میٚے کَر

نظر چھِ زھوٹ یوٚدوَے زٕ بیٚہ تاٹھ دِلکی سرحد
کٔھنٔن چھُ شیران تَرمَہ اِمتحان میٚے کَر

گرس اندرٕ باسان وو پیٚرٕ بہٕ چھُس پالُس
پکھندی بہٕ مژرٕ کھ بَر مَہ اِمتحان میٚے کَر

یہٕ وَچھ چھُ مصلِ وَچھ لطار شمشانک
سلنہر وو گنڈ گاسر مَہ اِمتحان میٚے کَر

۱۹؍اپریل ۱۹۶۹ء

# غزل

دۄہے میٚتے چھِم سٲرۍ بینٕز پرٛدۍ سمکھان

اگر نہٕ چھِم سمکھان فقط ییٚنہٕ اَکھ پان

سُہ کینٛژھ ہتُس سمکھُن ٹھِکانہ لٔس کأنہہ چھا

دۄلٕ گوٚبہٕ چھیُس ژھاران ییٚنہٕ بےسوہ کھہ آرمان

بے پے سُہ جانا وارِ وُچھان چھُہ ییٚتی کیتہ تام

نظارہ دیدن ہُنٛد لبان تہٕ گاہ راوان

گرٛک شبیہہ کینٛژھ ہتوٚہ گرسے میٚتے ہنوُ وم

دۄلٕ گوبہٕ آدم ذاتھ چھُہ میٚیڑ تہٕ پانہٕ راوان

لبان لۄبم آخر سُہ افتنہٕ یادن ہُنٛد

سُہ لیُس چھُہ صحراوَن سرابہٕ سگہٕ ناوان

۱۲ مئی ۱۹۶۹ء

# غزل

یَرزہ چھُ دِل ہوٗوِتھ دُبارہ ہاوَ کھنا
چینکہ وۄدُش گےٚ لَسَلا زہر نہ چاوَ کھنا
چھُپیتھ چھُ اَنس منز فقط یہ اکھ اَہار
کُٹس اَکس یاتس ژہ یَرزہ ناوَ کھنا
خبر میٚے چھم پوشس لگان چھُ پوشنُک شنگ
دۄل ژیٚہی دِتے دَسگاہ یہ باغ چھاوَ کھنا
دۄہُتھ تہٕ راوے لَیں اَوے نہ لوگمُت شنگ
میٚے رو وُمت لوٚب ژنگ دُبارہ لاوَ کھنا
یہ کینہہ ژےٚ بخشُن چھےٚ بخش نہ سنتوش
مُرتھ ہیتو لاگن اَتا نہ ترٚاو کھنا

اپریل ۱۹۶۹ء

# غزل

لَظَر تجُم زاہۡہ لَظَر ژھوٹے یَم
دِھس بہ کیمی سینز لَظَر سنے یَم
وَنّوں ژَڑھ بہ ریشتس تَنابہ یکجا
بہ کل تہ مُشران میتے کل گنے یم
تہ زاہۡہ گمووم بُہ خجہ ہا کیاّ
میتے یارہ پاواہ بتو چھونے یم
شتابہ کُش تاں میتے خابہ ڈ یوٗ ٹھم
وَنہز لَپگاہ کنہ کتھا بتنے یم
سَرَس تہ ترہ ماہبُہ تار رہ وَ سَتے
سہل بینی کنہ کتھا وَنے یم

۱۷ / اپریل سنہ ۱۹۶۹ء

# غزل

ستارٕ گے لوٚستہٕ وُچھان وُچھان پھوٚل گاش
ژٕ بکھٕ نہٕ بکھ شوقس یوٗن میٚے سوٚرٕم آش
قفس قفس گومُت وُداسی ہے افسوس
بےٚ حالہٕ جانانہٕ وارٕ بکھن تہٕ کڈٕ ہے واش
سٕہ زٕمنہٕ زٕمانتن پکان میٚے گو ہمراہ
دوٚیُن ہیتو لاکن غلط تہٕ چھیٚے یاداش
شکایتن چانین ازالہٕ چھا ممکن
جسم بہٕ چھُس بدلان میٚے چھم نہٕ بدلان لاش
ژلان چھہٕ وُچھ کو ترٕ خیال سنتوٚشس
وُچھان چھہٕ تیلہٕ کوٚنترٕ اسان چھُہ تیلہٕ آکاش

۲۲ اپریل ۱۹۶۹ء

# غزل

ہنا سنبھالیتھ قدم ژٕ ترٛاوکھ
بہٕ وکھ چھُ یارٕ دٕ ژٕ بیتھ نہٕ راوکھ

نظر میٚن نظرِ وودٕ ہے چھِ راوان
بیٚہ دود کانہہ چھا ژٕ ماترٛاوکھ

بے انت چھِ صحرا پدٕن چھُ یارٕ د
وول کیتھ کٔنسہ ہیم قدم سنبھالکھ

لۄتہٕ نمی سُند فسانہٕ میٚونے
ژٕ ونتہٕ کیاہ ہیٚوو شبیہ بناوکھ

میٚہ بے وفا گوٚ ژٕ سے ناوکوٚ رٕکھم
میٚہ وادٕ کم کٔرِ بہٕ وادٕ ریا لگکھ

اپریل سنہ ۱۹۶۹ء

# غزل

سُہ میون دِلبر لَوان چھُ لُوی تَن
بہٕ میون یاوُن ژھٔوان چھُ ژھیوی تَن

کھَرزَن مانکُ دوینٕ نہٕ دوپ مَس
مزارہٕ بَل لُوی لَوان چھِ لُوی تَن

اَتھ بہٕ کٔمی وۄن چھُ زِندٕ روزُن
دَتھ زُمینس وَوان چھِ وُوی تَن

اِشارٕ کٔری تَن پٔتھر پٔنیمِ سَر
شیخ نَظر مینی لَوان چھِ لُوی تَن

سیٹھاہ موٚدُرمس چھِ زِندٕ گانی
اَکُے زُلوٗمہٕ اَکھ لَوان چھِ لُوی تَن

۹ مئی ۱۹۶۹ ء

# غزل

بہٕ وچھ چھُ مقتل وچھ بہٕ وچھ چھُ آورینہٕ بل
ژلِن تہٕ چھےٚ آخر سُلی ژٕ دُینہٕ موژل

شہلِ نظارن ہنٛدٕ رٕٹھا بےٚ سوکھ نظرن
وُجارٕ گے آباد شہر مےٚ نظرن تل

اگر بھوُرس پالس ژٕ سلے گوٚ ہیٚچھے شیوٕ گوٚی
وتے بہٕ یوٚد مشران بیتے مےٚ روزان کل

ژٕ ہیتھ گژھان اکثر بہٕ چھس سمنتر سٹٕ کن
مےٚ زانہہ تہٕ کانہہ ونہٕ یےٚ تیوٚ اکنہٕ کن ڈل

چھُ وٚون ہنٛتان گاشُک اگر تہٕ گاشس ڈلے
گٹس اندر باسان نہ سون تنے سر تل

جون ١٩٦٩ء

# غزل

وہین تہٕ دِہ ڈینٹھِم زٕہین اندر بدلان
نظر نظارن کُن وُچھتھ اثر بدلان

شبس بہٕ گرِ اوٚشس زمانہٕ ہینتھ ہمراہ
دِہس گرس ڈینٹھِم میٚے دارِ بر بدلان

زہر حیوان کیٚتیاہ لبان چیانکُ پےٚ
شکر میٚے وچھ زہرس اندر مگر بدلان

وولٕ گو چھُ بیتہٕ لوکن کرن سیٹھاہ جبینہٕ ہوش
چھُ پٔرتھ خیالس تالٕ یہٕ پٔرتھ پزر بدلان

پرٕ ژھس ینہٕ یا ہٕتھین میٚتے نتھ کوٚرن آنکار
مُنِس چھُ یارٕ دلِ توٚے مزرہٕ بدلان

بَتہٖ اَگر یِژ زِھہس یِژ زُھس مگر تھو یاد

بےسوٚ کھسہٕ جانا وارٕ شہر شہر بدلان

نوٚ وُسے ووٚل سنتوٗشن یہ شولہٕ نوٗن نار

حَرف یِمے غارَن مگر نظر بدلان

# غزل

بیٚینہٕ کَس ظوٗن گوٚ بہٕ تہٕ ما آس  
یانٕۍ آس تہٕ یانٛۍ دٔراس

مَس چیٚپھ سأری مَس سید ییٚم  
اَکی سوٚ قرا طن چوٚ الماس

مایا زالَن دوٚلمٕت زال  
بیٚیتہٕ کَس کٔمی شُنٛدگٔرٕھ وٕدٕنی یاس

بخٕتَس سأری رٕوٕزٕتھ رأچھ  
کنٕہ باگھتَس باگنٕی آس

میٚنۍ تہٕ لوٚہیہٕ دُشمن دأری چھا  
وٕنہٕ کیٛا کھوٚرمُت چھُم یخلاص

پانٔن کٔرِی مٔتی چھم تَلاہ

پوٗز کتھ وُنی مے گٔژھ کَلہٕ ٹھاس

سٔنِرکھ شِہ کَر پھیٖرکھ آو

لَب با یا لو لَب با لاس

گوڈٕ زٕ نیٖنم گُلی کتراوِتھ

پتہٕ آدٕ دوٗپ نم کرا تھٕ واس

٣ر جون ١٩٦٩ء

# غزل

یاگی نظارو کل گدم باغی نظر ما پھبیر پوٹ

میوش چھیش ہیئے اُدنے آزتام ئیش یہ بھ سُدہ کھوٹ

لچھ بَرد کیپٹھ ہیئ پھتر میئے تہ بھ وتھیس بیلہ چاک دیت

داریں کھتہ ساری دیان بے چارہ گومت آسہ موٹ

ساری چھ بھتر زیس کن وچھان یہ زیس دوان چھینہ کانہہ تہ زہتھ

ہر کانہہ وچھان بے چانہ کھوٹ کانہہ چھا وچھان کمہ آنہ کھوٹ

ومرن میئے تھوم کمرہ تنبہ کن لول بجونئے چانی ذرے

دیوار پٔرا اٹھ آیہ کھے اد جان گو کتھ کرتہ لوٹ

سرحد تہ ژھوٹی گے سرحدن نظرن تہ گاہ تنگ نظر

چانین خیالن تیز گو پرواز یتہ زلت واتی کوت

٦، جولائی ۱۹۶۹ئہ

# غزل

آز تام وۄتُم دربدر بے گرِ لگان دیوانہٕ تے
پرٛژنان ہیوٚان گُل بَر زمین تاکھ ہیوٚان آسمانہٕ تے
انزران پاٹھین سرحدن ییلہٕ آیہٕ زَن گرہ وٲتی یم
نظرن وَنیب ژول اخرس آباد گے وٲرانہٕ تے
الونتھو پالو تُہٕ چھلتھ دیدار ینہٕ آزیارہٕ سُند
گاشُس وُچھتھ یم گاشہٕ ٹنگی کمہٕ آسنہٕ گٲلی ارمانہٕ تے
مۄہرٕ ژگرن مۄرنت ییٚنہٕ ییلہٕ گنزلین صۄرت دِگر
صۄرت وُچھتھ مۄہرٕ ژگرس منزٕ ڈلی پیمانہٕ تے
سنتوش لسہٕ ہے لوتہٕ نگرہٕ یارہٕ دونہٕ یاری خار کور
الحمدللہ زانہٕ نہٕ ماژھینہٕ نار گوشمشانہٕ تے



١٩ر جون ١٩٦٩ء

# غزل

لۄبُم خبر چھم ماکنٛہ میٚے پیٚٹھ دِل
فقط بہٕ لوٚے زانان بہٕ چھُس پنُن قاتِل

اگر زِ میٚے پیٚٹھ رٔحم بہٕ چاک کرٕ ہن وچھ
بہٕ وۄنہے کِنُن ترٕ وُتھٕ ژٮ۪ے مارِکس منٛز دِل

کمن کمن وانن وٕ زُم نُنم سودا
خبر میٚے یارِ زٕ منٛز کتنہٕ کشیٖر ہن ہِل

ژٕ میٚے چھُے زمانکُ شٔر میٚے چھم زمانٕچ تھر
قدم قدم شاہد قدم قدم منٛزِل

زٕ ژھانبوٕ دوٚپ نم بہٕ نالہٕ موٚت کرٕ ہے
چھُس شوقہٕ سیٚنہٕ دُرِ یاوٕ زٕ تان بٮ۪نٛہ ساحل

میٚے چو سٮ۪ٹھاہ اَز تان وۄدن بێیی چھُسیکھ چاوان

میٚے خوف چھُم نَہ تہٕ ماوٕ جارہٕ گژھہِ مَحفِل

پیٚر زُٔہم میٚے سنتوشس کتھاہ کتھاہ وُنی نَم

لَکھٕ وٕڈنی آسان ، لَکھٕ کھٕنی مُشکِل



۲۹ رمئی ۱۹۶۹ء

# غزل

نظر اگہ نو مرکھ میٹ قبلہ وَن ڈلہ ما
بے پتہ ھیہ جاناوار اکھو اندہ ژلہ ما
جنگل خیالن ہندی شو نگیھ چھ تاہ درتاہ
دوِل گوزہ مانگ شہن زِہس اندر گلہ ما
ژہ دا طرف دیوار ڈلیتھ چھ نظرن نال
میٹ ڈر چھ پانس منز یہ پان میٹ تہ وَلہ ما
ژِ لوگ ہا چھ اچھ محشر سو کتہ ھسہ تنہائی ینی
یہ ددد چھم للہ وُن یہ دہ دزاتھہ بلہ ما
ژہ آنہ پھٹراوُن ہناہ مگر بیٹہ سو پنج
دُبارہ اَتس سینی خبر نظر زلہ ما



۸ر جولائی سنہ ۱۹۶۹ء

# غزل

یہ چھا سہ وُنی راتھ یارٕ مہ ژٔل
حاصِل چھُ یہ ساتھ یارٕ مہ ژٔل

ہم ژٕ مینے گواہ یِم وِہ سپدِ ییٚی
لجِ زبنتھ ماتھ یارٕ مہ ژٔل

ہیوٚن گژھِ یہ نہ ہیوٚن یِم سپدن دِل
ونیتھ سپدِ فرات یارٕ مہ ژٔل

گٔژھ مول چھ دِتی متی سپنس منٛز
ازشب چھ براتھ یارٕ مہ ژٔل

زندگی چھ بنیمژ ریشمی کھرُ
چھنہ موکلن باتھ یارٕ مہ ژٔل

یہ چھ پنز گھتھ پارٕ دگوشہ وٹسی
دُنہ دم چھُ حیات یارٕ مہ ژٔل

۱۰ رر جولائی سنہ ۱۹۶۹

# غزل

خیالہ کمہ تامھتہ دجھس میئے برمڑ ریو د
نظارہ نظرن تل وچھان وچھان سکھریو د

حراعتہ چشمن شند وپھان جانا وار
سراہہ وائلس منزیہ ناشہ تہ کُس ادریو د

ہوی جھیرہ سے ساری نظر جھیجھہ ٹراوان
یہ ادرزیہ سپتن دو ہے میئے اوگنس ہیو د

گنو میئے بیلہ تبنر ہا بہ نارہ درامت سوہ ن
میئے وہ ٹھہ ٹھنم نارس شہ نازن تیر نیو د

نشانہ نمی ٹھونم بیے گنڈبے گا ٹھچ ناد
کنارہ پیٹھ ڈیو ٹھمُ میئے آ اولن وولبو د

اگر نہ زانہہ سمکھی دیش میئے گے تلا
ہہ یار سنتوشس یہ ونتہ کہ یُو ریو د

۱۷، جولائی ۱۹۶۹ء

# غزل

ژلاں ژولُس ہرگاہ توتے بہٕ بێیہ وولُس
پزہٕ ژھان بہ وچھس پانس بہ کُس تہ بێیہ کیاہ چھُس

گرژھان اکس اکھ ہر موہ ژان دۄہ یہ چھُم کُن
دُدرہ خبہ ووجودس رقہ خ لبان لبان رووس

طرف میٚنے اسم ویدی تمے میٚنے یم رٕ اوم
یہ کہنی ستہ گردالس اندر بہ پھرہ نووس

میٚنے برونہہ وچھم یلہ زاہہ بتم میٚنے برونہہ کُن یوٚو
لسبان بہ لبہ نہ ہرگاہ وچھان چھُہ ہیری کنی کُس

شہن کران سو میرن دُمر میٚنے زیٹھے یم
اُچھن ہندس پردس اندر بہ کینی چھولُس

سفر چھُہ دانس ہند میٚنے تام ونہ قائم
بہ تبرہ کنی تہ دوس بہ نارہ کنی زولُس

ژُہ کٔرٕ چھ سنتوٗ شہِن ترٛان زمانس منٛز
ووش زانہٕ دَے پانے خبر کٔتھ پٮ۪تیہٕ کُس



۱۳، جولائی ۱۳۶۹ء

# غزل

کُس وادٕ کوٚرُم ہے پالَن کیاہ
واٚنگج گرٕ دِلکہٕ ہٕنٛدٕ زالَن کیاہ

سٕری پٔنٛتھٕ میٚیہ کٔڈٕم زٕ ٹھٕ شہلابن
اَدٕ مالہٕ چھُ ٹٔوکمت نالَن کیاہ

خبرٕ چھےٚ زٕ تہٕ سَگہٕ نوٚ دُم نا
وٕہ نی وٕنتم زٕ بےٚ کپٕر پیالن کیاہ

ئتی کوچہ پھِرِس منٛز یان لوٚبُن
سیٚنزٕ سٕرکہٕ اَنٛتھ بیٛیہ ڈالَن کیاہ

گےٚ بیٚیرٕ خیالن ہٕنٛدٕ ی جنٛگل
مسولہٕ وٕہ نی دانَن زالَن کیاہ

ہارِنی گرٕ کھ تالیس لوٚگمُت سیٚخ

اَمہِ اور تہٕ بیٚیہِ بیٚنہٕ ژالَن گیٚاہ

دَب لوٚگمُت مٔنزٕ وَنہٕ دیوارس

اَمہِ خوتہٕ بیٚیہِ ہیٚن بٹھ ڈالَن گیٚاہ

لَرٕہ جایہٕ چھہٕ ژھمٕرہٕ ژھایہٕ ہلس

کھوژن چھہٕ تیٚنگس تالَن گیٚاہ



۱۴ر جولائی ۱۹۶۹ء

# غزل

دُمہ میٚنے سورے یم اَگہ مَگہ کٔرۍ کٔرۍ
اپٕنہ دُچھمُ دٕلی پا بیتہ پَنہ ر کٔرۍ کٔرۍ

فَسانہ چھا کانہ ژھاہ میٚنے ہیٚوہ زمانس منٛز
میٚنے بھوَر زمانک سَنگ دٕہ ہے سَفر کٔرۍ کٔرۍ

ژٕہ بٔھتھ اگر ہا دکھ بہ آیِنہ کُس ہا وَے
میٚنے پھٔلی سُپدۍ اَلس نَظر نَظر کٔرۍ کٔرۍ

دٕہ ہس گَنے یم کَل وَولُ شام سپدِ یم کرہ
ہیرا تھ زِ بیٹھے یم سَحر سَحر کٔرۍ کٔرۍ

دُچھن نہ پوٚز لیکن میٚنے اوس بُتھ یو کُن
دُچھم میٚنے تیلہ چشمن نقُون مُہر کٔرۍ کٔرۍ



# غزل

سُہ دِلدار از چھُم نہٕ دِلدار باسان
شِہل بوٚنہٕ شیٚہجار زَن نار باسان

نبَس اوٚبرہٕ دَم گوٚٹ گوٗمُت چھُ دوٚہلی
چھُ اَبتر سیٚٹھاہ انہٕ بے مار باسان

بُہ قوٗربان چاٗلِس آتھ لولہٕ نارَس
تُرُن زَن نہٕ یَخ ہیُوٗہ چھُم نار باسان

گرَاہ روٗد یِرہٕ دِتھی گرا تاف زالان
چھُ اِنکار ہیُوٗہ چوٗن آنکار باسان

میٚیہ یَن ژھیوٚن خیالَن چھِہ نَٹھ سِتارَن
سُہ خالِس اندرَ زَن چھُ بیدار باسان

بیٚیہ آز سوٚڈ ژِٹھم اَچھو خوٗن ہاران
یہٕ زَن آدہٕ سیوٚمُت چھُ دیوار باسان

چھُ سنتوش، سنتوش کمی وَدن یہٕ دٔنی لوَ
یہٕ اِظہار چھا تیٚتھ سُہ اِظہار باسان

۱۷ر جولائی ۱۹۶۹ء

# غزل

گہہ وٲرانہ گہہ آباد
بے پرٛژھ شمیس چھا کیٛنہہ یاد

پَرٛتھ کَرٕ وکھتس حاصِل آد
لمہٕ کم ہو ترٛس ژھوٚٹ گو راد

دیدٕن بروٚنہہ کیٛنہہ چھُس راوان
تٔیلہ لبہٕ پالنس یٔیلہ دِی ناد

ژوٚپ نم میٛانی سیٛنٕن گاش
یَزرس زانہہ کُنی گوٚ مُرٕن واد

اَکہٕ ژوٚپ خدو وٕذی نکھہ نکھہ آے
بیٚیہ تامتھ ہیٚٔز نظرٕن لاد

ییٚنہٕ کٔس کُنی شُند تاوان دار
وَرنہٕ کٔس کھٔنہِ پانے فرہاد

۱۸ - جولائی ۱۹۶۹ء

# غزل

وۄ گٔنہِ چھہٕ گاہ ناوان سنہٕ ٹہ کاشہ پوران

میٚہ پٔرِ تھ نظرا تام وچھس چھہٕ سرٕ وکوران

میٚہ اچھی دٔرتھے وُنہٕ چھم یقین کرٕ سپدی

وُچھم کلیم اللہؔ سُہ وُنہٕ ٹہٕ اچھی مۄران

قدم قدم ہر دم گنڈان بے انت صحرا

سرابہٕ ٹھٔری بنتھ بیہہ منزل مے گیے دۄران

لۄ دُم تہٕ لہرووُم میٚہ پانہٕ خۄ داستان

سُمبتھ دۄ بیم یارۄ وچھُ پانہٕ نشہٕ دۄران

بہٕ کُس چھُ منزہٕ اُڈہٕ ن گیوان صُبح گاہی

بے خاب گو سنتوش آوے چھُ اچھی مۄران



۲۶ ر جولائی ۱۹۶۹ء

# غزل

آلاو سینس سیتی رٹان دو ہے چھُس نا
مران دو ہے چھُس نازُوان دو ہے چھُس نا

سہ زانہہ تہ کر سمکھو میہ زانہہ تہ کر مُشرو د
ادارہ سٹرکن بیٹھ پکان دو ہے چھُس نا

شبانہ تارکھ نب ہیوان گو از تام
میہ چھایہ کانہہ ہمسوس آسان دو ہے چھُس نا

نگارہ چھُس پانس اندر رٹا آواز
صدا چھُم یُو درا وان وزان دو ہے چھُس نا

اشارہ چھُس ہاوان نظارہ چھُم راوان
بے پژھ بہ بُت واوس گران دو ہے چھُس نا

بہارہ بیہ پی تن ووں کم پھولن بیتہ پوش
پھولان دو ہے چھُس نا هران دو ہے چھُس نا

١٧ر جولائی ١٩٦٩ء

# غزل

زٔونہِ گٹہ اَدٕ مٔیوٗٹھ خاباہ بییہ نہٕ کینٛہہ

رأژتل چشمن نقاباہ بییہ نہٕ کینٛہہ

راتھ رٲتس آسمانی گژھے صدا

رأژ صبحک اِضطراباہ بییہ نہٕ کینٛہہ

اَز چھُ دِ بدن مأ لہِ لوٚ گمُت پوٚز مگر

نِژلیش ژھار اَکھ سراباہ بییہ نہٕ کینٛہہ

شانہ وو گنے مٹی دیاں آز آدمس

ژھینی تمنا بن اَکھ تمناباہ بییہ نہٕ کینٛہہ

رأژ منزی اَدٕ ذاتھ بدلیا کائیناتھ

ساتھ کُتہ تامتھ شباباہ بییہ نہٕ کینٛہہ

میٚنۍ وُنیُب اَدٕ ؤبے دَپان چھَم اُچھ دَژھے
ژنگ مُتھِنھ بے ژنگ گوٚلا با   بیٚیہ نہٕ کیٚنہٕ
حال وٚون تُم حال تھوٚومَس آیہٕ تَن
آکھ سوالا آکھ جوابا   بیٚیہ نہ کیٚنہٕ
ژونگ ژھیٚوی تن ما اَژھِن ژھیٚنہٕ گاش گوٚو
پرنتہٕ سنتوشی کِتابا   بیٚیہ نہٕ کیٚنہٕ



۲۷ر جولائی سنہ ۱۹۶۹ء

# غزل

ہُشتھ دِ تھ کر آ ایم دیوٴ آلی
واد ء گلّین لنگی ہاؤں زآلی
بیمّی دورن کڑی کم کم دوہ
آنہ تامھتھ زانہہ ڈڑاوا خاٴلی
محشر سیدبو آکھ آکھ ڑیوہ
سالتن وجھی وبجھی سا بھتّے ڈآلی
وکھتن مہّے تہ کڑی سینس چاکی
زرتہ تہ یدلنس گامتّخے آلی
بمرو گے متّے یہ کم کم ارآن
بیرو گے ادہ بیتہ کنتی نتہ کھالی

اِنسان مرِ چھُکھ تٕہنٛزے ذاتھ
اُدرنہٕ روٗس دِکھ سٔدرس زٲلی
لَرِ لوٗرٕ آسِتھ ڈٔیوٗٹھم دوٗر
گَرِ گَرِ ٹُلی مَ زخمن کرٲلی
تھبکہٕ وٕنی آسِم اَز تاںٛ زوٗن
نٔبکہِ موٗ چھِ کٔنٛز تاںٛ سوٗزنٕ ڈٲلی
جلگہِ کٔر تھ چھُ وُنہٕ سنتوٗش
نَنہٕ چھس ژٲنٛگ گامٕژ نالی



۲۸ر جولائی ١٩٦٩ء

# غزل

صدا دِنُم ہرگا میٚانہِ زانہٕ ہوا ہیٚتھ ژوٚل

میٚانہِ یِرُتھ ہوا آز تام جُدا جُدا ہیٚتھ ژوٚل

نظرٕ ڈٕجم میزان ڈٔولُم خیالن ہُنٛد

یِہوے خطا میٚونے سُہ بے خطا ہیٚتھ ژوٚل

میٚانہِ پھِرنہٕ روٚس کُس ہیٚکہِ پوٚژم زمانس منٛز

نقل یِمہِ لیٚتر اوٚن اصل خوٚدا ہیٚتھ ژوٚل

اَتانہٕ وُمرن ہُنٛد فقط یِمہِ غم او سُم

سُہ غم تہِ ہے یارو یِکہِ قضا ہیٚتھ ژوٚل

سفرِ حیات کُس روٚد گنٛڈِتھ حدن اندر

تھزرہٕ زمانس اوس مگر خلا ہیٚتھ ژوٚل



٢٠ر جولائی ١٩٦٩ء

# غزل

نصیبہ ہمی سُند وچھ بہ جھبُس گرس اندر

نہ تَے یہ چھا سیلاب دران حدس اندر

ہمیہ چھونہ وولہ ثر نہ چھی یہ دم غنیمت ہے

ثواب چھے سیدان گوناہ برس اندر

یہ دل چھُ دوسی دِل ژسے کیباز گوی دلتنگ

میتیے دِے کران برکت دوہے لگس اندر

سہ لیس نہ تو ہیہ بوز دکنو بہ جھس بوزان

چلینے بہ جھس آسان او یے نشس اندر

اُزالِہ تبلہ ممکن شکا یژن میانین

ژ قطرِ بیلہ گژھن الگ سرس اندر

مزہ چھ سنتوشتس اَنان چشمن گاش

چھُ موختہ سیدان مال تران بنس اندر

۱۳ر جولائی ۱۹۶۹ء

# غزل

ہے چھُم گران چشمن وُنبُب ہرگاہ زمانکُ آینہ پوٚٹ
کوٚ چھ منز یہ کیمی زانہہ نار روٚچھ موٚ چھ منز کیمی سیماب روٚٹ
یس اس باوُن آونس سُلہ سونتہ سونتکُ آسہ شر
آسہ سازکہ نکُ شوق گوٚتھر بیٹھ گو لابا تازہ توٚٹ
اکہ نظر پھُٹران گوٚیی ین یتینہ نٹی چھ زینزل تینز روٚس
دونی گوٚ چھُ موٚ ہلکھ بر ہوا از تام للہ ہُند آبہ نوٚٹ
میانین کھفن میش نو کتھا یپلہ زانہہ ونکھ تیلہ گے سو کتھ
لتہ منز کتھاہ لتھ لتھ تیز کیمی گاشدارن موٚ خنتہ تھوٚٹ
یتھ نظر دامس راچھ لیس نمتی آخرس چومُت زہر
یس گذر لتس ہے ونی زہ کیا نمتی پانی پانس چور ہوٚٹ
نبہ نوٚن چھُ وون آفتابہ کوٚ ڈ بینہ کیمی سناسنتوشہ ون
کھیلہ منز کڈُن ہیون اکھ چھُ ما ممکن تہ تیلہ زن آسہ گوٚٹ

۶ اگست ۱۹۶۹ء

# غزل

میٚنہٕ وُچھ دٕہ بس نٔژی نٔژان دوٚہ لوٚس

دُنیُک نظارٕ ہُند ڈٔلاں ڈٔلاں دوٚہ لوٚس

تَفِس تَفِس باسان سراب وُتھٕ پھیٚشان

بہٕ آب ناوِس ہشرٕ دزاں دزاں دوٚہ لوٚس

سنہٕ گُل کوٚٹان کانٛژ شاہ نہٕ پیٚنٛڈ پُرَن وٚنہٕ کانٛہہ

بیٚی وابہٕ سایَن تام ژٕلاں ژٕلاں دوٚہ لوٚس

چھُ بتھ ڈٕلتھ باسان وُچھان پرٕچھتھ کانٛہہ جاے

یہٕ کتھ نٔشتس اندرٕ نٔشان نٔشان دوٚہ لوٚس

قُلُف کٔرتھ آسَن لوکھ پٕران ساری

یہٕ کیاہ خوشی عمرٕ آسم آسان آسان دوٚہ لوٚس

دُبارٕ سنتوشس بٔرٕ ژھکھ اگہ پٔرٕ پٕرٕ ہیٚرٕ نوس

میٚے گوٚ کتَن کیاہ تام وَنان وَنان دوٚہ لوٚس

# غزل

کرٕ کیاہ ہاوٕنۍ چھم تصویر
نتہٕ اَکھ دُنیا کرٕ ہَن گیر
لَبہٕ اَکِہ لوٚب کُن پوٚد ٹھہرو و
اَکِہ اَکِہ نِی ہَس کُڈی کُڈی سیر
شہٕ تہٕ کَرٕ اَزٕ نامَتھ گرٕء ژاد
ہیٚتۍ کَرٕ براندس کٔنۍ ژاہنہ شیر
اَندۍ پوٚکھ زَن گوٚ قبرِستان
اڑٕ وۄت وأتھ ٹیلہٕ لوٚت پھیر
دوٚپ مَس ارمانن ہُند سونچ
دوٚپ نَم نیرِس کھاڑکھ تیر

تَلہ سہ میٔے یہ کا ہنہ بھری تو فال
تَلہ سہ کا ہنہ بنٔ لتو دسگیر
لتو ہیہ حض لأ گو وکھتکر رخ
اوہمٔے نہ کیاہ تامتھ تینٔی بیر
تَلہ دِ ز جانٹس تھف کس تام
آسی گے نخفتے گو نہ ہن گیر



۶ ستمبر ۱۹۶۹ء

# غزل

چانٕی جوانی تیٚہ ؤن صحرا اندٕ وندٕ جنگلس جم جم جم جم
میون محبت راتک پہرا شینَل خیتل شبنم شبنم
وأنسہ میٚنہ سٕرکن یدٕی یدٕ رأوِتھ ویدی ڈرام ساری سرحد چانٕی
توتہٕ دِلن وٕ سِتھ گنڈ آتھ باعث ہے وٕ وتھ بے ترٛہ آدم آدم
نظرن نظرن گنڈ گنڈ کٔری کٔری نظرن منز مٕوژہ رووم بان
دیدن برو ہنہ کنہ دیدن روٗدس گنہ رینہ گنتھ دِیت چھم چھم چھم چھم
برہم سپدم برہم گورس منز دَ تہٕ وولنم ننہ رس نب
موہ چھِم مٕؤرن گیہ وچھ ارمانن - ونہ کس وٕنہ چھم برہم برہم
زانہہ تہٕ آگہ گنہ آ د سہ دلبر. لوٗٹھ میٚنہ لاچِم یرہ وٕنی ناو
شوقس دس وو تھ اچھ منز راو یم وچھ ہن کرکھ گیہ سرحم سرحم
بأتھ بینہ ییلہ زانہہ گنگر آوم یارن ڈلو ہم بمہ زکینیا د
لہرہ ووِ دم سنو سنو بار و ود نس ژھوکھ سرگم سرگم

۱۰ر جولائی ۱۹۷۰ئہ

# غزل

تس مێے سێتن گیہ نہ یوٚ دوے زانھہ نہ ہُنی لاگے اگہ
اَکھ اکس لرٕ لوٚرچھ پھوٚلۍ مێتۍ واریاہ از تاں سحر

از نہ رُوشتھ چھم اوے تس پێتہ ہێوت مستی زانھہ
تس نگارس گنھ کیٛرتھ آمژ مێے چھم پریتھ کانھہ نظر

دِل مێے اوسُم دِل کوٚرُم نہ تہٕ کانٛہہ کرزانھہ ہُتھ بنیو
بتھ دفا البا وُنے بے چانہٕ امُت چھم پتہٕ ر

ضایہ یوٚ دوے گیہ جوانی وُنہ نہ کھسہ وس چھم ستھس
وُنہ نہ تراوکھ یوشہ پدی ہرگاہ تھقر تراون بہ سر

رنگ گلن ہندی شوخ ہن سنگلین نہ یوٚ دوے تر ارین
در بابہ اوار پھیران آسمانن جا لنور



۱۱ جولائی ۱۹۷۰ء

# غزل

کارِ ہَتھم چھُم لگان میٚے بتھرَن سیتۍ
پوٗرٕ دُنیا موٚزان چھُ نظرَن سیتۍ

آسنہٕ مژی بےیہِ نےٚ ژٕ اوش ہارکھ
باپنہٕ گُل ہےٚ ہراں چھُ وٕتھرَن سیتۍ

زانہٕ پانے میٚے مانہٕ کیاہ گوٚرنم
پوٚز پیٚزرٕ ہیٚے نتاں چھُ پیٚزرَن سیتۍ

کیاہٕ دوٚپ ہتھم شیشےٚ گرٕتھ تہٕ گرٕتھ پھلوا
پانہٕ موٚت ہےٚ بناں چھُ مژرَن سیتۍ

موجِ دریاب چھُ موجزن تابے
اَدٕ سمندر گژھ بزاں چھُ قطرَن سیتۍ

لابہ تیٖر پے سہ کامہ دِد کرہ کیا
لو تہِ آگرن ٹھوان چھُ نگرن سیتی

شورِ ہرگاہ متے کیا خبر چھم نا
ریٖرِ ساحل تہ ناش سُہ ملران سیتی

زانہ ناسہ اثر دُعاان ہُند
زانہ نا سہ دُعا چھُ اثرن سیتی

مادِ لوٚد کیا تہ راوِ سنتو شیے
مانہ آچھری گرٹھان چھہ اچھرن سیتی



۲۱ ر جولائی ۱۹۷۰ء

# غزل

نظر ن بیلہ گے تو اسمان
چشمن منٹر بیلہ ڈو نیاہ زائج
غر شکی برہ و ہتی فر شس تام
ہنہ بیٹھہ لوٹ تام نظر ے ڈائج
اڈہ بھلی ہاوس کلی ارمان
آزہ لکی ابدہ کی ریم چھم بائج
میگل گو طورس نورس ہیتی
نمی نش سیتن بار زہ لائج
منٹر مر وہتی میتی یا عمبر
میئی انسانن پانس وائج
فطرس کرلیتان سیکہ صحراو
خرشیج کنۃ اسہ عرشس کھاج

۲۵ر جولائی ۱۹۷۰ء

# غزل

میٖنہِ دُچھُتس کُن خیالن تام ژھیوٚن ین
خبر کوٚت درزہ داوَن لوگ یِہُے ین

دُچھم شیٖشس تہٕ شیٖشے تام وُنیو
اَصل روُدُم دِ ڈال یِمبرزھٕس بہٕ نقلن

بہٕ دُچھُتس روبرو اَستغفراللہ
نظر شمشیر گے چھا تار قتلن

میٖنے کیٚاہ بیٚیہ زندگانی دزاو حاصل
میٖنہِ ییٚتہِ آب دیُت کاشہ نہٕ بھرِ تن

چھُ اَکھ سنتوش ژھاراں دوٚنٹ پانس
نظر خالی چھِ دیاوان ژٲلی طرفن



۲۷، جولائی ۱۹۷۰ء

# غزل

چیٚنہٕ ووٚس یہ کُس پیمانہٕ پیوٚ
یُس پتوٚسُہ پیوٚ اَدٕ بیانہٕ پیوٚ
نِنَرس بہ چھُس شاید دُہان
مَنٛز مارٕ کُس افسانہٕ پیوٚ
وَنہٕ کَس نظر گیہ دے تہٕ بے
ہوٚکھ، ہوٚکھ فقط پیچانہٕ پیوٚ
دِل آدمس تبٕہ بارگاہ
میزانہٕ ڈوٚل میزانہٕ پیوٚ
یتلہٕ کھوٚت نہٕ سمکھنہ آدلس
ؤری ؤری تگہ آسمانہٕ پیوٚ

مسّے نہ رہوے سمہو ودھ نہ رہوے وُچھتھ
ڈرنی ڈرکی دُہ ہے پروا نہ ہو
بتّینہ نوں چھُ کیّاہ تتھ نوں وَ لوَ
پڑھوڑنے گُنُ لوَ وا نہ ہو
سنتوش جیہنہ رکس چیتھ وُجھم
وُجھ سے قبن آسمانہ ہو



۱۱ر اگست سنہ ۱۹۶۹ء

# غزل

کرٕ کیاہ ہاوٕنۍ چھم تصویر
ننہٕ اکھ دٕنۍ یاہ کرٕ ہتن گیر
لبہٕ اکہٕ لوٚب کُن یوٚد ٹھرو و
اکہٕ اکہٕ نیہ ہتس گٹہٕ گٹۍ سیر
سہٕ نہٕ کرٕ ازٕ تامتھ گرٕ ژاو
مےٚ نہٕ کرٕ برانٛدس گیٚژ زانہٕ شیر
انٛدۍ یوٚکھ زن گوو قبرستان
اٹرٕ ووت داتھ یبلہٕ یوت پھیر
دوٚپ مس ارمانن ہنٛدس ونیچ
دٔریم ہم نیبرٕس کھارٕکھ تیر

تُلہ سَہ میّبے تہ کاشُہہ پھِری تَوِ فال

تَلہ سَہ کاشُہہ بُنہ تُوِ دِ سگِیر

تَو ہِیہ حَصَن لاُرگو ہِ و قِتکَر رَخ

اَو دِ میّبے ہِتہ کَیاہ تامَتھہ بیثی بیبیر

تَلہ دِ زِچانَش تھَقَف کَس نَام

آسی گَے نحقّے گو نہ ہَن گبیر



۲۹، جون ۱۹۷۰ء

# غزل

آفتابس رۄے اگر ییٚر زلیٚو زانہٕ
دیدمالٕ ڈیوٗ نٕھُم اگر وۄشلیٚو زانہٕ

ییٚہ ہتہٕ زمانٕس منٛز ییٚرِم پانٕس نوٗحہ
میانہٕ زنگہٕ کرٕ آکھ گلاہ وۄزلیٚو زانہٕ

دٕکھ چھُ یارٕ دزٕ آلی زٕوٕل اتھ خالی گوٚ
کُس نہٕ دِل ییٚتہِ گلِ وُچھتھ تمبلیٚو زانہٕ

آنہٕ وُچھِ وُچھِ گیرِ بُتھِس کم خولہٕ خط
میانہٕ رۄس ییٚتہٕ آنہٕ کُنی ہُٹرٕ بوٚو زانہٕ

ویرہ تہٕنٛدے ییٚر سنٛتوشس نتہٕ جان
تہٕنٛدہ مایا زالہٕ کُس مو کلیٚو زانہٕ



۲۸ر جون سنہ ۱۹۷۰ء

# غزل

جایہ پھٔبر کرِ دِلو میٚے وگ شیٚہلیم
بیٚمہِ تہٕ یوکن بترٕ وٕڈل کیاہ سپدیم
بے یہ دٲنس وُچھان چھُس دٔنی باہ
یتھ زمانس اندر میٚے کُس زانیم
روے بنہٕ نُے بدل تہٕ اَنس سیتی
بی بہ ہاوس یہ اورٕ تی ہاوِم
بیٚیہ تہٕ نظرن گنڈِتھ میٚے ہر گاہ
بیٚیہ تہٕ گبرس اندر نژرن آسیم
تیلہِ تہٕ پوٚتھ ہم میٚے شانہٕ کوٚڈ پانس
انہٕ تہٕ پتہٕ تم میٚے بیٚیہ ڈوٚل کل ڈرایم
میٚیتی پرٕ ورٕ وٚس وُچھان چھہٕ جاناوار
غزلہٕ لیچھیم کلامہٕ یہ نہٕ رٲوِیم

۱۸ ستمبر ۱۹۷۰ء

# غزل

آو گوَ بیٚنہٕ آو گوَ

بیٚنہٕ مُشِتھٕ مُشی یاد پیٚو

آیہٕ کیتیاہ کاروان

خاب کمہٕ کُمہٕ وُچھ اَچھو

گوٚ زگتٔ شُمشان بوٚمی

کارٕ کوٚرٕ میٚأ نیوَ اَتھو

خوفہٕ روٚس مُژرا و بَر

آسی نہٕ باوٚ وٕنی گُن ژلَو

اَسہِ تہٕ آزُ وُچھ کربلا

پانہٕ دُری باتر لینہٕ پیٚو

ژُڈی پلوَ بیلہ جیرہ آ رو

اَمِہ نِہ اوکُن کیاہ کَرو

ڈاشِنہ اَسی جھکراوی شِہ

اُو مِرِ یتھ وونی ما شِمو

راہ مسافرِ یِتھ اکھاہ

نیب تمی شنڈ گس یِتہ رھو

مانہ جھُس اَدرِ بانہ جھُس

تو نِہ بیھنرِ گُن تھَو و

یو شِہ مُوت سنتوش سون

اوس شو دبور مارِ گو



۱۸ر اکتوبر ۱۹۷۰ء

# غزل

پانہٕ صحرا چھ سابہٕ کیاہ سہ گرو
گُل تہٕ گٔرٕ چھ وٕنی چھ ضابہٕ کیاہ سہ گرو
آبہٕ دُنی باہ نہٕ دٕرابہٕ آنہٕ لکی شر
بییہٕ نہٕ شرٕ ہٕنٕہ وول دٕرایہٕ کیاہ سہ گرو
گوڈٕ نہٕ راوی چھ ڈُنہٕ نہٕ راوا نی
لبس وٕ لشٕ لگی بلایہٕ کیاہ سہ گرو
قبرٕ تنہا و پیٔن نہٕ گوٚ مشکل
واَلٕشہٕ سو میرٕ ہتہ کمابہٕ کیاہ سہ گرو
آکھٕ شبا چھا نہٕ گٔزٕر صُبحس تال
زٕندٕگانی چھ بابہٕ کیاہ سہ گرو
قدمیے بوٗزٕ نتہ روٗ ٹم حدس اندر
نالہٕ کنٕہے تہٕ آیہٕ کیاہ سہ گرو

۱۳ ، مارچ ۱۹۷۱ء

# غزل

برٕ تھِہٕ سوالس جوابہٕ یاد آہم
کھعلہٕ نہٕ برٕ تھِے گولابہٕ یاد آہم
بام ڈٕلیوٗ تھم اچھونہٕ اچھو روٗم
میانہٕ ستیکلکہٕ سرابہٕ یاد آہم
نالہٕ متہٕ یام بہٕ مارٕ متی یٔرٹ لسَن
بارٕ گونہٕ ہکہٕ ثوابہٕ یاد آہم
لس میٚے ستین ستار تیلہ میلیوٕ
وأنسہٕ آمتہٕ شبابہٕ یاد آہم
ما چھہٕ میچھیر یٔزرٕ لوٚبم یا مَتھ
ببیہ تہٕ نا متھ شرابہٕ یاد آہم
یانہٕ ڈٕلیوٗ تھم سہٕ یانہٕ سیے اندر
سجدٕ کوٚرمس تہٕ کعبہ یاد آہم
لس میٚے اوسم ازنکٕ یٔزرٕ باوٕن
گیانٕ بگہٕ مکہٕ میٚے خابہٕ یاد آہم

۱۵ر اپریل ۱۹۷۱ء

# غزل

سپدہٕ ممکن اگر سفر یکجا
زندگانی ہیوٚ لس سحر یکجا

دوٚن نہٕ مانے کیٚنہہ ہیو لاکن
چشمہٕ ہیوٚن ہیوٚن مگر نظر یکجا

میانہٕ کنہٕ رِ ہیٚنہٕ چھہ تمی سندٕ روٗپ
سورگہٕ درشن چھہ مادہٕ نہٕ یکجا

مانہٕ شبدک چھہ جانہٕ حسنک شنگ
لولہٕ سٕدرس اندر امر یکجا

کٔن نہٕ کیول نوان مثالن منز
گے نہٕ ہرگاہ تباہ شہر یکجا

۱۳ ر اگست سنہ ۱۹۷۱

# غزل

یٚیلہٕ یٚیلہٕ دِل زاٗنِہ شمشان سپُد
تیٚلہٕ تیٚلہٕ خوٗنی اَسمان سپُد

تَس جلوَس داوا دار سٮ۪ٹھاہ
سُہ چھُ خالے لیَس میزان سپُد

درِ دِل سُہ دَفن سپُدم یامَتھ
میٚۓ تہٕ موٚت دِل توٚت اَستان سپُد

رزِہ ہٮ۪ندِ وَرٕگی بنِہ رزِہ لٮ۪می لٮ۪می
رزِہ یان وُھٹن بے جان سپُد

تیٚوٚ لنگلس تیٚوٚ لنگلس گوڈ وُنُور ٹلُن
اَدٕ طوٗرس نوٗرُک شرٛان سپُد

شٮ۪ہ سو مبرم نظرَن تاہ مُژٕ یہٕ م
گِنہٕ اَدٕ ہٮ۪نزس گولہٕ وان سپُد

۱۵ ؍ اگست سنہ ۱۹۷۰

# غزل

اَنہٕ میتوٗنے فقط وُچھان لَس کُن
کیٚاہ خبر چھَم سُہ چھُم اسان کَس کُن
وۄ اَلسنہٕ گنٛزراتھ مَتِس میٚتے گرٛ ندرٕ اوم
کَنہ چھیہ سنہٕ وٕنی لُوان اَسلس کُن
ہیر ژٕ لی ژرٕ بٕ لُبن وۄہ نقُس ہرگاہ
لُبہٕ نہٕ میٚتے ہوٗن وۄن کیاز کھنس کُن
سجدہٕ کوٗرمَس میٚتھ نیٚتھ لوٗگم گوٗرمَس
کھوٗرتہٕ وۄشفن گرٛ ٹھان قبلس کُن
یانہٕ نیٚری تن صحیٖ سُہ کَن ٹھاوَس
گوٗہ سہٕ ٹھاوان چھُ کَن سہٕ نیرس کُن
ہیانہٕ برٕ ہ تلہٕ بٕ کُس آکھا د گوزہٕ ھور
خالی دراہ مت فقط بہٕ بے لَس کُن

۱۰ر جولائی ۱۹۷۱ء

# غزل

ژھالہٕ ہرٕ نہٕ نہٕ کینٛہہ بُجم بالے

تس نِگارس چھُہ ناکھیل طالع

نِم نہٕ عاشق دزاں چھِہ شُمتان بومی

بَس نہٕ اوسُے یہ کینٛہہ سُہ گٔیاہ زالے

وٲلنہٕ صحرا سرابہٕ کرُہی نَم سٕری

لولہٕ متسہٕ کی میٚے پیٚالہٕ چھم کرٕلے

تَس گرٕ وچھم اُسُن وَدُن تامتھ

یَتھ میٚے رُود م وول گٔیاہ دِمس ڈالے

مانہٕ حرفن سرف چھہ بُجھُر تن میٚتی

ناگہ اَرٕزن چھہ زاگہٕ ہی مالے

۱۴/اگست ۱۹۷۱ء

# غزل

بہٕ رؤسے وُچھتھ سیدلو ودٕہے مےٚ یارٕن بُل

چھُ بے بُرگ دۆد مُنت یہ زِندگی ہُند کُل

مےٚ سَر چھہ کیتیاہ رَتم وُندان یادَن سَر

دٕہے نُو پنہٕ نوٚ مےٚ پانہٕ زخمن زُل

بہٕ چھُس نہٕ پانہٕ زِ چھُس مگر بہٕ چھُس کیاہ نام

وَندس اندرٕ ژۆرٕ ژۆر گیوان چھُ نا بُلبُل

سُہ نُبس نہٕ توہٕ ہٕ وُچھون سُہ مےٚون دِلبر سُے

چھُ نظرِ خوٚتہٕ زادٕ وُٚل خیالہٕ خوٚتہٕ آدٕ وُٚل

زہر حیاتُک چھُتھ مےٚ ہتھ چھُکی آسمان

دٕول گومےٚ چھُ نہٕ کھسہٕ ڈُن یہ وقتہٕ کُے ڈُلڈُل

نظارٕ دیدن ہِنٛد مزارٕ بل سیُدُم
آمارٕ زانہہ وُچھ مکھ اگرٕ پھولہِہن گُل
یہ پھوٚرمیٚبہٕ نارس ژھوٚرلوٚگم نترٕ دوٚد لگش ہیوٚ ہ
وُجارٕ گوٚ عالم دُ بارٕ آئِ بل کُل
بےغم غمکی یِہ بتھ شٹھے یہ سیٚنس مٕنز
بے شوٚقہ ماشوٚقہ وول شوٚقہ باتھا تُل

۲ ستمبر ۱۹۷۱ء

# غزل

مالہٕ رٕوٗسنٕے ترٛان چھ اَسی ہنجاٛری
تیتھ شہارس اندر چھ اَسی باپاٛری

بیتہٕ نہٕ کیا بانٛلاب پوشن وِیوٗر
وُنہٕ نہٕ نظرَن ہیا مینٛے گُنٛڈی چھم لاٛری

آز نہٕ تنہا بہٕ چھُس نٛنگے پھیران
تمیٖ لگارن مینٛے جامہٕ کم کم پاٛری

کأتہٕ ہرگاہ گِنٛدُن چھُ میٖی گِنٛڈی تن
اَسی چھ گُنٛڈی میٖتی ہیا زمانَن زاٛری

بیتہٕ نہٕ بٕرٕ وٕنہٕ برو نہٕ لیکان گرٛٹھن صحرا
ازلہٕ آمٕنٛز لیکان چھ اَسی نہٕ واٛری

کُونہٕ گامٕژ چھ وَنتہٕ یٕرٕ وٕنی ناو
تارٕ رٕوٗ سنٕے نہٕ تار، کُم کُم تاٛری

چھاوِ وُنی یا دُبارہٕ اَکھ سنتوش
یَرٕ دٕ لنظرن تلن تہٕ مژرن تاٛری

# غزل

خاب بے ننکھ میٚوٚٹھ موت
زِندہٕ گی گُلِ میٚوٚٹھ موت

دأنِشہٕ بیٚیمؠ یٚتہٕ وُچھ خوٚشی
اٰخرس تس کرِ نوٚٹھ موت

وُمرِ ہتشند تمنا ملے دِزام
وُمر کھوہ تہٕ گوٚز یوٚٹھ موت

اٰسی تہٕ عشقنہٕ نارہٕ دُوری
حُسن گنجس لوٚٹھ موت

پانہٕ سے اٰسی پانہٕ روٗش
ہے گو گیاہ روٗٹھ موت

۱۶ ، فیبروری ۱۹۷۲ء

# غزل

بہٕ یَلہٕ گاہے ستنان چھُس پأنٕی پانَس
اَتھٕ وَ پانہٕ دِ ژلان چھُس پأنٕی پانَس

دۄہے پانَس تہٕ نَس گَنٛزرٲن یا مَنہٕ
بہٕ کوٚرٕ ناسَنہٕ مِتان چھُس پأنٕی پانَس

اۆسُم لوٗکو ہَبا مےٚ نہٕ سۭتی اۆسمکھ
وۆل گوٚیانے اَسان چھُس پأنٕی پانَس

مےٚ جِھم تھوٚوی مِتی مکانَس دایہٕ برٕ وا
مگر وُلہٕ منٛی کھسان چھُس پأنٕی پانَس

ژھیتو کھۄ دُنیہٕ جہم اَس رٕہیہٕ مےٚ رقصان
بہٕ کبتھ شُمشان دِران چھُس پأنٕی پانَس

بہارٕ کی دۄہ یِتہ گُڈٕی الحمدُ لِلّٰہ
بہٕ وۄنی پھِہ بَن ژٕلان چھُس پأنی پانس

دِلو بے پَژھ دِلو زانہٕ کٔرِ زٕ ہے دِل
ہَبا پانے پھِران چھُس پأنی پانس

نظر کرِ ہیم نۆ میے یِتہ دلوٕ روزِ ہیم پَژھ
بہٕ نابازانہٕ پَژان چھُس پأنی پانس

یہِ گو یِتھٕ گۆژ یِتہ گو کَتھ لو نشہٕ کرِ تم
واللّٰہ برہٕ ونہٕ کینہٕ کلان چھُس پأنی پانس

یہِ چھا آفتابہٕ منزِ نیٛک تٕر لیشہٕ بیتوٕ مُت
یہِ کسُ صحرا دٕزان چھُس پأنی پانس

یہِ کنٛتھ دُنی یاہ دِوان گتھ چھِم میے ننتوٚس
بہٕ ما اندی اندی ژٕران چھُس پأنی پانس

۲۱ر فروری ۱۹۷۲ء

# غزل

مٹے ترَ سیران چھُم ہیمہ زنڈِ گی ہُنْد
زہر تیلان چھُم ہیمہ زنڈِ گی ہُنْد

قہر سپید یُوم بَرن یا مَنتھ یہ سر ہُوم
بُرن تاوان چھُم ہیمہ زنڈِ گی ہُنْد

مٹے سپُدم حال دید و حال ڈلیشتھ
مو لُن مولِہ وان چھُم ہیمہ زنڈ گی ہُنْد

مَلان بُھنڈ ساس ہاوس راس گنڈی گنڈی
یہ کیٹھ نزِوان چھُم ہیمہ زنڈ گی ہُنْد

لبان راوان حد زہیٹھان نظرن
ژھوٹان ماد ان چھُم ہیمہ زنڈ گی ہُنْد

۲۳ فروری ۱۹۷۲ء

# غزل

صُبحس چھُہ ییلہِ آفتابہٕ کھسان ہیٚ بہٕ چھُس ترٕہران

دُنیا چھُہ کیٚاہ تاٲث لاس لبان ہیٚ بہٕ چھُس ترٕہران

لنگ لنجہٕ تہٕ کجم واش کوٚرُم سرٕ نِنہٕل ہیٚوٚ کھ

دونی تہٕ برسیتن چھم میٚہ تقلان ہیٚ بہٕ چھُس ترٕہران

یوٚزٕ دستِ شفا چھُس نہٕ تگہٕ لولہٕ نظر چھس

آکہٕ نظرِ کم بیمار بلاںٛ ہیٚ بہٕ چھُس ترٕہران

اعمال بینٛ سمکھتس یتہٕ آبہٕ دوہ ہیٚ ہوٚ نِٹھ

پرٕ ہقانہٕ بنٛی ہسہٕ نرٲن ہیٚ بہٕ چھُس ترٕہران

شنگلاخ صِفت آدمس وٚٹھ یام دلس گوٚس

اَندی بکھی چھُہ بلبس آب زٕلان ہیٚ بہٕ چھُس ترٕہران

زیوٚ، زیٹھی زمانس چھِ کران میٹھی دٔہ لنس

بے چارٕ کم کم طوطہِ کلان ہے بہٕ چھُس ترٛاران

نٲلہ کربلا گنڈٕ یوٚ وچھِ وُنہٕ تشنہٕ دٔہن لوٚکھ

گئنہٕ نٲلی چھِ ونتانہٕ پیکان ہے بہٕ چھُس ترٛاران

اَزٕ بانڈٕ یأ بھتر عام گنڈان بانڈٕ وچھین وٲل

لیُس ہیوٚ سٕ ہیوٚ ڈُنی باہ چھُ پیکان ہے بہٕ چھُس ترٛاران

سنتوش چھُ کتھ بنٹھٕ وول کران روزنٕ کا پتھ

اِنسان بنہٕ حیوان ترٛان ہے بہٕ چھُس ترٛاران

۲۴، فروری ۱۹۷۲ئہ

# غزل

مےٚ آب بیٚلہٕ چوٚ شراب سپد بو
گوناہ مےٚ پٔرٕ کٔھ کاتھٕ ثواب سپد بو

یہِ گاشہٕ تارُکھ وُچھان میرٕی نیٚس
بچارہٕ وُہی لا جواب سپد بو

حساب پٔرٕ ترِتھ یِیے حسابہٕ وُنی نہٕ ہیٚس
حساب اَنہٕ بے حِساب سپد بو

کھوٚلتھ بُہ کاٛسِ عتاب ژٕ ولُم
یہ کیاہِ لوٗکن عذاب سپد بو

مےٚ نا ہِنا ہس نہٕ گاشِ چشمن
نہٕ تےٚ سُہ نیٚلہٕ بے نِقاب سپد بو

سٹھس بہ کھسہ وس آساسہ میٹو نئے
بیٹتے ڈونُ ہمرکاب سپید لو
ثے ہیوں نہ بیٹیہ کانہہ حُسین ڈیوٹھم
سہ آرہ ول پھول گو لاب سپید لو
ڈجار سیکی لس سو آبہر کول پنج
ڈبار دیدان سراب سپید لو
مٹے پہو خیالا ڈو بہم بہ لیکھ ہتن
لیوکھم نہ لیکھی کتاب سپید لو

۲۸ر فروری ۱۹۷۲ء

# غزل

بی مئے وونۍ کیاہ چھُم تی ہاوس ہے افسوس
سیٹھہ شاٹھس لٔگی ٹھیکہ وونۍ ہاوس، ہے افسوس
تَلا مئے نہِ کٔرۍ تیتیاہ پأرس تلاہ گام
لوکن لیتہ وونہِ تھفت چھم ناوس ہے افسوس
نتہٕ وونہِ گوٚبی آنڈی اندی گرشنِس سعہ کھوکان
چینہ روس بیالہ گوزھور گردِ البس، ہے افسوس
زِ نہ چھکھ نہ نہ چھُس ہِنز کُس ونتم باقی رود
وونہِ کم باقی ہِنز چھم ہاوس ہے افسوس
مئے نہ گینڈ بازس بازس ستین للہِ وُم رازہ
ہأرِتھ لوگمُت وونہِ چھُس داوس ہے افسوس

۲۹ فروری ۱۹۷۲ء

# غزل

سمے کمالس چھ تیر کھالنہ نتانہ میونے جگر چھ بلکل
وبین نہ مشکل چھ جایہ ژھو حرین ژرن یہ چونے مزر چھ بلکل

مے ہولی گنز مژ چھ شوخ ژولس ژھے زنگ لوگے زنگ کھوتے پروس
زمانہ زنگہ ژھ ژنے ژنگ چھ کھالان بے زنگ میونے شہر چھ بلکل

بے داغ کم ہوی وول جامہ لاگکھ ہنگامہ تلمت چھ مہ بانی رختن
مے ناویرہ ونی نہ چھیرہ ون دول بے حال دیدن سنز چھ بلکل

آوارہ سر گن لنگارہ وایان یہ بانڈہ پائیتھر و جہان ساری
بہتھ کلس تل چھ جوگی آندکن کلس نہ گومت اثر چھ بلکل

مے نالہ منہ روٹ خیالہ کمہ نال خیالہ کمہ نال گلالہ وو شلیو
حجاب تلمن حجاب کھوون عتاب ہیچ کینژ پزر چھ بلکل

دگر چھ میونے یہ چون نہ جاون مگر یہ ونہ کس مے راوہ ونہ لے
چھ جینتھ نہ وٹرن وو بال سیدان ہمین ہمن کینژ زہر چھ بلکل

۱۵ر مارچ ۱۹۷۲ء

# غزل

حأدی لوٚ نیٚرِتھ چھُ دٔری یا مو جنہٕ ن

تالِہ لأیِتھ لوٚنگ زامُت کوٚہ کَن

زانہٕ دِل بے چارٕ میٚونے گُیاہ بٔنیوٗس

موٚرٕ ژن أندر چھُ ژھاران صوٚنہٕ تَن

رَتم نہٕ یاوَس میٲنی کھُتی نا تارٕ کَن

ریم نہٕ حسرتہٕ میٲنی پھیران مارٕ کَن

بنہٕ نہٕ قتلک بے یہِ چھُس قأتِل مگر

رِنہٕ یہِ میوٚ تمُت یا نہٕ زانہٕ چھا قأتِلن

۲۳ مارچ ۱۹۷۲ء

# غزل

شَہہ چھِ گٔنزرِتھ حِسابہٕ خرٕ چاوَو
ہَکہٕ دفترٕوٕ کیاّزٕ دٕہراوَو
تھٕوَ تہٕ دٕوب دِتھ بلَوٕ ژٕ پانَس نِش
اٚسی وٕوٕل خاکا ملَو تہٕ تن ناوَو
بیٚہتہٕ تھٕزَرس حکُم عغو لامَس کرٚ
ییہٕ یہٕ ژٕ وٕ ہترِتھ ہیکِھ تہٕ وٕ ہتراوَو
زٕ اِشتہٕ ژٕ کرکھے ژٕھرے متّے سِتن کَتھ
مقطعہٕ غزلس وَاللہ تہٕ نَے تھاوَو
کوٚرہٕ کا کٔڈ کرٲن چھُ کتھہِ بلکلُ
یِمی چھُ گڈُراں مگر یہٕ کَس باوَو

لَس نٔہ پانسَ اَکےُ میٚتے گٕنٛز رووُم
توٚ تہٕ دوٚپ منٛ دُبارٕ گٕنٛز راوَو
گرٕ چھُ ابلق تٕگرٕ کَران چھِم ہوٕ ڑ
دَتھ چھہٕ مُنٛزٕ لٔج لیکَان صحراوَو
لس میٚتے سیٚتن چھُ میٚشرِ تہٕ آبسَ رَل
قٕزٕی بہٕ کانٛہہ چھا شُمتھ تہٕ اُنٛزٕ راوَو

٢٦ مارچ ١٩٧٢ء

# غزل

یُدۍ چھِ سٕرکن تَگمہٕ چھِ گُمٕ اِنسان

یانہٕ دٕ بدٕن چھِ دٕ بدٕرنے راوان

تَتس چھُ سمکھُن تیٚتی خَبَر آسِتھ

دِل چھُ بیقل منّے تہٕکہٕ نَتہٕ ناوان

مانہِ حرفس دوٚبُن گگُلس خوشبو

مانہِ یمہٕ تہٕمس تہٕ وانہٕ لوٚ گمُٕ پان

یہِ نہٕ زیٚنے وہترٕ ہیوٚ گٕژھہٕ نتہٕ وہترٕ دوٚم

بَجھ وَچھس بلبٕچھہٕ آوٕرینٕ زٕ الان

سایہ ڈٔولمٕت چھُ بھیوٚر مُرٕنت آفتاب

نارہٕ گڈٕی تہٕ نارہٕ چھُم زالان

۲۰؍اپریل ۱۹۷۲ء

# غزل

پانہٕ پانس دِہ سے موٗشُس ہَے ہے
شرمہٕ دراوس تہٕ لُبے لوٗگُس ہَے ہے

یورہٕ ڈوٗپ مَس فناہٕ سٕے بِہتھ زُو جان
توٗرہٕ ڈوٗپ نم تہٕ کُس بہٕ کُس ہَے ہے

بِہتھ لباسَس بَدل گوٗ تہٕ ھُم بیکہٕ
برٕ نھہٕ مالس پکان ژھیٚوٗلُس ہَے ہے

لسٕ مٮٚے سپن گیوو گھٕ تاث رمیُل
نیندرہٕ مشرہٕ نندرہٕ کھمی تلُس ہَے ہے

ازہٕ نہٕ سپُدم خیانہٕ بِہتھ رُو دُس
آزہٕ یانس نہٕ بابوٗ ژُس ہَے ہے

بالاہی ژہٕ وَس تہٕ ساتھاہ بوٗن
پانہٕ پانس گنڈان تھوٗ کُس ہَے ہے

۳ر اپریل ۱۹۷۲ء

# غزل

نُہی نہٕ ہیٚرِ وٕ یکوٕ زمانَس سیٚتی
اٰسی چھہِ دٔراہتی لیکاٚژ چھہِ پانَس سیٚتی

اٰسی نہٕ یوٚزا کراٚژ چھہِ نا بوٚدس
اَسہِ نہٕ زِنٛدٕگی چھہَ بہِٕ مکانَس سیٚتی

ڈُل ہواوَس چھُہ ہیٚلہِ گِنٛدان لہَرن
ہاٰ نزٕ ناوَن گنٛڈان چھہِ گاٹھُس سیٚتی

گَرَ نہٕ کیٚتیاہ گَرَکھ ژٕ بُت پانَس
جُھتٕ نہِ آخرمو ژان چھُہ طاقس سیٚتی

ژی نہٕ دٕروُن چھُہ تی دٕرتھ آٔ خرہ
شہَہ چھُہ ژلہِ وُن پکان چھُہ پانس سیٚتی

۴، اپریل ۱۹۷۲ء

# غزل

ابن آدم چھُ ہیوٚر کھسان تامَتھ
پانہٕ پانس بہٕ چھُس تمان تامَتھ

اوٚبرٕ دَم ہیوٚوٕ گرٛتھان تٕلہ سیلس
تا بہٕ دوٚہ ہیوٚوٕ بہٕ چھُس اسان تامَتھ

حد چھُ حدرٕ وٚس خبر مے چھم لیکن
راہ مسافر بہٕ چھُس پکان تامَتھ

یتھ لباسس اندٕرٕ تہٕ چھُس عریان
چھُس بہٕ پانس مگر چھپان تامَتھ

مانہٕ ڈُڈٕ وٕنی ھوان ہِہ دری یاوس
شرمہٕ گلی گلی بہٕ چھُس گلان تامَتھ

قد بلندی تہٕ چھا بہٕ کانٛہہ عظمت
یُس چھُ ہتھرٕ من کھسان تمان تامَتھ

۳ر اپریل ۱۹۷۲ء

# غزل

ینِیہٕ چھَم دیدن چشمن گاش

گوٚڈٕ چھُم باسان نوٚن آکاش

بھَرِ زٕلہٕ بھرِ بکہٕ ڈُن جاناوار

بنٛدٕ پنجرس منٛز پیٚو مُرت لاش

ہُری ہیری آخرٕ گیاہ سار لوٚم

لیوٚکھمت چھوٚلمُت چھُم یادٕ اش

ہیرس سُتی سیرِ سید نوٚس

سرٕ چھُس ہیرس سیرس فاش

تُہندس حُسنس تیٚہہ تیز یہی

مئاٗنس عُشقس بیٚلہ گوناش





۱۹ مئی ۱۹۷۲ء

# غزل

مےٚ چھُم دَس گاہ بُہ تیٚونگن بیٚتھ بُزَن یان

تہٕ یٚے چھُے حسرت اگر گژھہ زیٚن آسمان

مَرتہٕ آمُت چھُ شوٗکٕس لوٚد ہَنا سو ریٚخ

اُکِس بیٚالِس اَندرٕ وُچھ غُنچہٕ سِپے جان

وُچھُن ہرگاہ تگی وُچھ کیاہ چھُ دُنیا

تہٕ چھی ہاوکھ یہ اَنِس تی چھُ ہاوان

شبد مانے چھُ یتھ کُلِ کائناتس

چھُ یتھ کُلِ کائناتس ناو اِنسان

بِہِتھ سنزس تہٕ یِرہ دَن تِل تہٕ عُریان

بُہ گَمہٕ دالبس اندرٕ چھُس آب راوان

رِمن چشمن پتو ووٗنی کیاہ حصر روٗد

بٕہ ناسہ چھُس نہٕ پانس پرزٕنہِ ناوان

کھوٗلتھ سُدرو نہٕ اَدرنہٕ رُوس آمایوٗز

میٚے بیٚیمہ دُنی یاسَر اَبن منزکوٗ رُم شران

سنٛہل میٚے نہٕ پہو مگر آفتابہٕ ٹیٚلہ لوٗس

بہٕ بلیٚہ آفتابہٕ کھوٚت چھُس ووٗنی تٕہ لوسان

ژھوٚٹان مُنزٕل چھُ ہرگاہ میلہ بچہِ سیتی

مُنزٕل دٕ دران بٔیلہ مُنزلس چھِ واتان

سُہ ٹیٚلہ نیٚران گَے بَرپا قیامَتھ

سُہ ٹیٚلہ نیٚران محشر تام سیدان



٢٣ مئی سنہ ١٩٧٢ء

# غزل

ییلہٕ بہٕ اوسُس پیکان زمانس سیتؠ
تیلہٕ بہٕ اوسُس نہٕ کینہہ نہٕ پانس سیتؠ

گژھ نہٕ آخرہ گژھان خالی تیر
بانہٕ خم دِتھ وول چھُس کمانس سیتؠ

مانہٕ شبدس چھُ عہدٕ بوٗد دُنیا
شبدٕ کوشتا چھُ پرٛتھ تبالس سیتؠ

کوٗرٕ کاکدٕ کرٛان چھُ کیتھ باضے
دھیانہٕ شوٗ دلہٕ دٕ اگر چھیہٕ گیانس سیتؠ

پرٛتھ گمانس دزان چھُ برٛو نٹھے پیٚہ
نوجوانی نیوٗ نگلُ جہ انس سیتؠ

رنگ چھُ پوشس اگر تمہٕ خوشبوٗ
کیاہ زِ دیدن چھُ خوے عیانس سیتؠ

# غزل

یِمی زمانَن یِنہٕ زانہٕ تہٕ کھوٚرٕ ٹھُہرٲوی

کتھ سہٕ واوس یٔتہ مٔتۍ ڈیٚو یٔیی یہٕ گٲوی

آو کانٛژھاہ کٔرِس اَچھن پیٚٹھ جاے

ڈرٲو کانٛژھاہ اَگرہٕ ڈلِ دِنہٕ رٲوی

اَتھی چھِہ طمعہس دیاں سماہ سیدُن

اَصلہٕ کھیٖرس اَندرٕ نقلُس موبرٲوی

اَسہِ نہٕ مُنگی رٕمتی چھِہ ڈیرہِ ٹنگ

بیٚچھ بچھان چھِہ ہُم نہٕ سینہِ شنٛدی ناوی

تِم تہٕ لوٗکھے گژھان چھِہ عرشس تام

اَسی تہٕ گٔنزران دوہے چھِہ ہیرن پاوی

آنتہٕ گُل ہے پوٗزٕ سے سُہ پھٹس آو
کمہٕ آرخر زمانہٕ نےٚ تمبلاوی
أسی چھِ ڈرامتی دٔنہِ پتو عُریان
بیمہٕ یتہٕ یوکُن بہِن وٚدل ستٔرس ساوی
کأشہٕ ناسَہٕ دِلَن اوٚ نمُ وأراگ
وأشہٕ ناسہٕ یہٕ کأشہٕ زاہنہٕ چھوٚ ہیراوی
شوٚقہٕ ڈرامتی چھِ شوقہٕ آنہٕ یوٚت وأتی
آنہٕ یتہٕ شوقن وٚتی ووٚل أسی ڈوٚ کراوی



# غزل

زندگانی مَس مودُر ییلہ چونَس
آروُلُن اَکِہ آبہٕ گِنتھ تہٕ لونَس

اٰنہ جیٖشمن ترووِنم گیشدُ ناہ کوٚزُن
کیاہ وَتنس وَدہٕ لووُنس اَسہٕ لودنَس

شوقہٕ تمنّا لِین بہٕ نکھی گوٚڈ کھولنَس
آبہٕ دہ ژھہٕ تلُنس بلن بیٚنہٕ چھووِنش

نظرِ یتِن زوٗلنم کاکھتس الاد
سو مُبرنش سو مبرِ نتھ ہیتو چھکرو ولنَس

ہاروٗسن ہنزٕ وچھ چھلبن دُبرائے اَکھ
بارِوہ کس ہیمی اَیی دِلن منٗدہٕ چھوولنَس

چھانہِ گُڈٕی کُڈٕی مانہِ لٹکھی ہم وارِیاد

زانہِ میٚوٗنُے بان یٖتلہٕ نھنوونَس

وارِیاہَن منٛز آلگ کوٚڈلس نگہٕ

دارِیاہن منٛز ہیٚنو گُٹشرٕ رووٕلسَ



جولائی ۱۹۶۴ء

# غزل

داغ لالن ژۄر ہتھو وُن کیاہ وَنے
آرزُک کھُتھ واوِ پولُن کیاہ وَنے

یارِ بینیہ کوٚر شانہٕ پیچا ن سُلی
واو صُبحُک رو شہٕ لو وُن کیاہ وَنے

شوقہٕ آئینی سو تتہٕ یمبر زل پھوٚلتھ
خام بوہ مبرٕ عام سوٚ مبرُن کیاہ وَنے

کالہٕ آسم مال لاگتھ نالہٕ رتھ
دۄہ صُبحن سوٚر چھکرُن کیاہ وَنے

خال رو لیس نظرِ بد کیاہ یوٚ ژھ تمی
داغِ دل ازدرِ غہٕ لووُن کیاہ وَنے



